لاگیتھ، والله، مےٚ کیٚتہٕ خفن چھےٚ پَتاہ، توٚہہِ چھِوٕ بڑٕ صاحب اگہٕ ڈمےٚ

پَتاہ تہٕ کیٚتہٕ لگہٕ ہےٚ۔ بہٕ آس کریوٕ"

بختاورس باسیوو زِ پیرِ صابن وونُن تِمس اشارُن "ژھوپہٕ کر"

مسلمان سُند چھایی فرض، تنبیہ لگہٕ نہٕ کرُن۔ قرآن شریف چھُ فرماوان

..............

بختاورس کھوٚت جہل۔ دوٚپُن، وُچھِو یہِ بُڈ پیرِ کیتاہ چھُ وَنان۔

ییٚتہِ تہٕ چھُ ہاوان مذہب، تہٕ ہا چھس پَتاہ ییٚتہٕ نا چَلس نہٕ یہِ ہا چھُ

دفتر، کمرس ہٕز چھُکھ بہتھ۔ نیٚبرِ چھےٚ نہٕ پَتاہ، مثالس کیٚس کوتاہ

کھُراونکھ، تہٕ ہاوِ ہم پارسائی، سہٕ گوٚ ٹیبلس نزدیکھ تہٕ دِژُن کرکہٕ پیر

صائب، مےٚ چھہٕ چانی ساری کرتوت خبر۔ اگر تنبیہ کرکھ، تُہند ڈیٚن لایق روزکھ

نہٕ۔ چانہٕ ژور کیتھہٕ چھم وَنِہ۔ ژہ وا پاٹھی لگہٕ نار۔ تہٕ چھُکھ فقط دوکھہٕ تہٕ فریب

ورتاوان۔ مگر اَتھ گیہِ بختاورس گلہٕ زِیو، سہٕ کلیوو تہٕ گوٚ پتھ پہَن۔ تِمو

وُچھ کُرسی پیٹھ یہِ بہتھ انسان خشمہ سان وُچھان۔ بختاورن وُچھ دارِ

تِمو ہشرٕن اُچھَن تہٕ تِمو پرزِناو تِمہ اُچھ، بختاورس گوٚ بڈ افسوس زِ

تِمو گیاہ کلامہٕ کوٚر، ییٚنہٕ تِمو عمرِ کوٚر تہٕ کوٚر تِمو اَز، تِمس کُس خہ داے

بخشہٕ وہہ نی:

بختاورس بروٚنہہ کیٚنہہ اوس بختاورس سُند مول۔ سہٕ مول ییٚمس مالی

سُند یہِ اولاد اوس، ییٚمی روّ چھ، للو، پَرنوو، لیکھنوو، نوکر لوگ تہٕ یُس

پتھ من پاٹھِژن وَرِیَن، اَمِس نصیحتھ کران اوس، یُس اُمِس دِمہ ہےٚ

شکٕل، سارٕنی ہنٛز شکل میانین اُچھن منٛز یٔ کیا دِمہٕ یمن تہٕ کٔس بُرونٛہہ کنہٕ پھاُلاوِ پننۍ جولی۔

دوٗر دوٗر بٔییہ سٔے صحرا۔ زندگی ہٕشہ حاصِل صحرا۔ بس صحرا۔ اَتھ منٛز ہمیشہٕ آمُت بہٕ پننہٕ وٕنۍ جوٗدُک اَکھ اَکھ خونہٕ قطرٕ پیٛہٕ یمن ہٮ۪کھ مِتین وٕٹھن مُتیتھ تہٕ اَزلی ترٛیشہٕ ہوٚت۔

یٔ چھس گٔمژ زوٚن کیٛہو چھینہٕ میٛون۔

تارِیکی تیٚج ژٕ قدم برونٛہہ تہٕ ماحول شٕرٹھو بٔییہ ہٮ۪ن۔

اَکھ زمانہ گوٚ یییٚلہٕ مےٚ سعہٕ تٕچھ۔ رأژہٕ ہِندِس فولأدی سپینٛس سپیدِم چاکھ تہٕ پھیر پھیر کرٕن واو ژاو اندر نہٕ اَکھ گٔرٹھس منٛز وعہ تلے یہ ژھایہ گیتہٕ ہی۔

تٔہنٛزن اَچھن منٛز کوٚر مےٚ پنٕن دٔرشُن۔ سایہ بدٕن خیالن ہٕشہ نیچِن سعہٕ تیوٚ تہٕ سورٕے ماحول یُس اوٚ تانی شاہ کھالان والان ادس پیوٚ فالیچہٕ لدٕ سٕندی پأٹھۍ اَکہ لٔر۔

"وعہ لہٕ بٕہ رٕنمتھ ژٕ پانس سیتیہ؟"

تٔہنٛدی نرم پأٹھۍ اَتھہٕ رٕٹۍ مےٚ پنہٕ نہٕن اَتھن منز۔ تٔہنٛدِ زیٛو درأیہ یم لفظ گأم جگرس ترٕتھ۔

"وعہ لہٕ بٕہ رٕنمتھ ژٕ پانس سیتیہ؟"

"کوٚت" مےٚ کوٚرس نہٕ سوال۔

یہ اوس اَکہ عجیب ڈٔنگُک صُبح۔ ییٚلہٕ نہٕ تٔس پییی اوس ژٕشام کٔشتہ

غلام نبی تشاکر

# آدم تہٕ حوا

کانٛہہ چھُنہٕ میوٚن۔

تارِیکی ہٕنٛز بٔڈیہ زٕ قدم بڑونٛھ۔ ماحول شٹھو بٔڈیہ ہُن۔ اَکھ زیوٚٹھ
ووٚش ترٲوِتھ دِژ مےٚ اسمانس کُن نظر۔ بے کران وُسعتَن منٛز ستٲریہ
چھکان اُچھن ہِنٛز خوٗبصوٗرتی لٔج وۄنۍ نار چھکنہٕ۔

کانٛہہ چھُنہٕ میوٚن — میانہٕ سوچکو بٔے پَر پرنٛدٕ آسے پوٚت
کھوٗرِ واپس تہٕ مےٚ اَنٛدرٕ یِکھ لُکو پکھہٕ وایِنہٕ۔

دِزِ وۄنۍ اَحساسَن ہِنٛز گرمی چھےٚ گرا میانہٕ اَشک ستٲریہ
تام خوشکہ کران تہٕ گٔیہ چھُس بہٕ سردیٚخ ہیوٚہ پان شاہہ سیٚتۍ ووشناوان
بہٕ چھُس وۄنۍ پننہٕ نِس پانس تہٕ بیزار گومُت۔

اَمہ برونٛہہ چھَنہٕ میانہٕ اَچھ کھسنہٕ تہٕ وٕچھتہٕ ہیکان۔
شاید چھےٚ میانِن اَچھن ہِنٛز بیناگی سوتے مرٕژ۔ نتہٕ چھےٚ زندگی ہٕنٛز
اَصل تصویر تیٚز گوٚٹہ زٕ آمیٚنگ کاتھہ باس لگُن چھُ ناممکن۔

اَوَے اوسُس بہٕ دوران۔ اَکھ دور منٛز سمکھو مےٚ کاتیاہ۔ ساری
میٚتھن ما سایہ نِے بُتھین پیٹھ میوٗنۍ حال، سایہ نے اَچھن منٛز میشانی

واوٕن اوٚن پیٚ۔ راتھ ہنٛد کرٛیہنہٕ سینہٕ منٛز ووتہ تلیپہ اکھ کھوژوٕنی
چرٛچ۔ خاموش تہٕ پرٛسٔکوٚن بزنہٕ پوتٕل مدہم مگر کھوژوٕن ہوٗل ہالے۔
میٚ ہیوٚت دٔچھنہِ کھوورِ ماحولس مُشکہ۔ اکھ عجیب بدبوے ہش کرٛمیاہ نو
خواسو موٚحسوس۔ زٕنہ تہٕ گُنہ پرٛستانس منٛز آدم زادن قدم اُسہٕ ترٛاوِمُت۔
اسہٕ گژھ اکھ اکِس کُن نظر۔ تہٕ ہنٛد برہنہٕ ووٚجوٗد۔

گُذریمتین تارِیخی کِردارن ہُنٛد ہیوٗہ غارتھ آو ووتلتھ تہٕ تہنٛدِس
سوٚنیمتس بُتھس کُن نظر پیتھ رٕژ میٚ خوٗنس گرٛکھ۔

میٚ گنڈ پنہٕ دٔچھ منٛز ژھایہ تھاوِتھ کھیہ دار تلوارہٕ نیبرٕ تہٕ اُمس
ووٚڈھم۔

ژٕ روز بےٚ فِکر۔ مگر اُتھو سیٚتو آم اُہنٛد برہنہٕ ووٚجوٗدُک بٔیہ
خیال۔

ظاہرا اُس سُہ تہٕ میٚ اوٚرِ کُن اِشارٕ کران۔ میٚ وُچھ پننہٕ ووٚجوٗدُچ
رِضائے اُہنٛدِس سارِسے پانس تہٕ ژھایہ تھاوِتھ کھولُم اطمینانُک اکھ
زیوٗٹھ شاہ۔

وونی اوس ماحولس منٛز ارتعاش بٔیہ ہیوٚن بڑوٚنمُت۔ ساٖنی ساری
واٗچھ ور اسہٕ بد دلی سان سون یہ نوٚو حال وُچھنس نش بےٚ تاب۔

دوٗرِ اُس لوٚر ڈکھراونیٚچ آواز یِوان۔ وارٕ وارٕ واتھ آواز نکھہ تہٕ اکھ
کمزور ڈٕمہ کشوٚمُت انسان اوس اتہٕ گٕنڈس منٛز اسہٕ کُن لوٚر اِستاد۔
"ژٕ کیاہ یہ کران" زمینس سیٚتی بُنہٕ اتھہٕ مضبوطی سان ڈکھراوِتھ

آسہِ تہٕ نہ اوس ہیٚچھ اورکُن ظعون۔

سانٛی ساریٚ حواس اُسۍ گرم گرم بسترس منٛز دَبہٕ لَرِتھ بیٛمہتی۔ صرف اوس اَکھ حِس زِنٛدٕ۔

"ژٕ میانٛی تہٕ بہٕ چون" خابن ہُنٛد اَکھ زیوٚٹھ سِلسِلہ یِتھٕ رِہہٕ ٹارِین ہُنٛد شراب۔

سفید سفید تَنہٕ ہُنٛد مُتیس ہارس منٛز شہُل شرٛیہہ تہٕ سیاہ زُلفَن ہٕنٛز جابجا ہانٛکلہٕ۔

بہٕ سورُے چھُم چون —— بہٕ سورُے چھُم میٚون۔

راتٕ ہٕنٛز گٔیہٕ۔ خاموش تہٕ پُرسوٚکون برٛنٛژ۔ نیٚبہٕ نِیٚپہٕ کرٕ وٕنی تارِکھ یم چھہٕ جانہٕ میانہٕ عہد وپیمانکۍ خاموش گواہ۔

اُسۍ اُسۍ اَولین آدمن ہُنٛدۍ پاٹھۍ بٔنٛنٛی دوہ کڈان۔ سماجکو اُنٛزٕ تہٕ لُتشکو۔ اُسۍ دوہ شوٚبۍ اُسۍ یمن موزوٚرن تہٕ اَنِمن کُن وٕچھتھ ٹھاہ ٹھاہ گران اَسان۔

شُبہج تہٕ سیاہ راتھ اُمی اَسہٕ دوہن ہُنٛد جودوٚیی محل یِتھ کُن کانٛسہٕ ہُنٛد قدم دوہ ٹھِنیٚز ممکن اوس نہٕ۔

اَکہٕ دوہ سِہٕ ییلہٕ تِمہٕ پنُن بَرہنہٕ وجود دستار خانس بیچھٕ سجوو تہٕ تِہُنٛدِ بدنکۍ ویُود مُشکہ تیلیوو میانِس رَتِس منٛز۔ اُچھو ہیٚوٚت مارچھکُن تہٕ شاہِن لجۍ ووٚبہٕ دٕرہٕ بہٕ۔ اَمہٕ وِزِ اُسۍ سانٛی خاموش گواہ اَسہٕ تَلو ٹارہٕ وٕچھان۔

بشیر احمد بشیر

# لوٗنگ

موٗل مأجِ مرنہٕ پتہٕ روٗد گگرار گرس منز ژیٹھ۔ شُکر چھُ سہ اوس
اکس دفترس منز کلرک بنیومُت نتہٕ اوس تہٕنٛزِ زندگی منز ڈُدہٕ وٕنۍ ڈُدہٕ وٕنہٕ۔
جادادتہٕ اوسُس نہٕ تیوٚت زِ سہ ہیٚکہِ ہینٛز زندگی خوشحال بنأوِتھ۔ مأبس
ماجہ روٗدُس طمع۔ زِ تم وچھہَن پننہِ نیٚو اُچھو تہٕ ہنٛد کھانٛدر۔ پننہِ نیٚو زندگی
ہنٛدِ تمام دہ کھ مشرأوِتھ اوس گگراروٕنۍ پننۍ آینہٕ ژورٹھیکہ پأٹھۍ
گٔنداوان تہٕ ہاکھ بتہٕ کھیوان۔ مگر اکھ غم اوس تمس سنیومُت یُس تمس
اَندرۍ اَندرۍ ژٕھٹن اوس تُلان تہٕ سہ اوس پاگل گژھان۔ یہ غم یٚمہ تمس
اَندرۍ نال اوس وولمُت اُس تہٕنٛز کُنۍ بٲنہٕ زوٗنہٕ۔ یِمہ کُنۍ آسمان چھ
زوٗنہٕ منز داغ چھُ، یتھے کُنۍ اوس زوٗن نہٕ زندگی منز تہٕ اکھ وارِ رُٹ رود۔

تمس اوس لشکر ہیوٗچھاپُد گومُت۔ یہ لشکر اوس نہٕ تمس زِ پتہٕ پییٹھ؛
اکہ دہہ ہیتھ بیٹھ محلس منز مأرِ نۍ نلین آب اوس گومُت، زوٗنہٕ اُس
دوٗر بیٹیس محلس منز آبہٕ نوٗٹ اینہٕ نہٕ گمُژ۔ اَمہِ دہہ اوس سأرۍ ہے
تیٚلہِ کمتر توٗگمُت۔ اکھ اکھ قدم تُلمُن اوس پکہٕ وٕنین خأطرٕ خطرناک بنیومُت۔
نابدِگار اگر کأنسہ کٔلس پیٹھ آبہٕ نوٗٹ تہٕ کھوٚرن کھٔراو آسہ ہے۔ زوٗنہٕ اُس

وۆنُن مےٚ کُن۔

مےٚ کرٕ تس ہیٚر بوٚنہٕ نظر۔ سیاہ لکیر اکھ اُس مےٚ سوال کران۔

" تی یہ آدمن ہوٚہس سیتی کوٚر ۔"

" تمیُک نتیجہ چھُیہٕ ژےٚ معلوم ۔" ہوٚہس منٛز بنٕمُت عاجہِ استادٕ

کرٕ ہتھ وۆنُن مےٚ کُن۔

تیٚمے چھُم زٕ جلالِ خداوندی سپُد آدمس پیٹھ نازِل۔

" تیٚلہٕ چھُکھ ژٕ بیٚیہ تی یرژھان ۔"

" تہٕ سپد بہٕ وۄنی دُبارٕ ۔"

" اگر ژےٚ ہی مرد یتھ دُنی یٔہس منٛز آسن ضرور سپدٕ ۔"

" مگر یمیٚس زنانہٕ متعلق کیا خیال چھُ تمہِ ۔"

مےٚ ڈاج بنٛبہٕ وۆجوٗد یچ ژادرہنا اوکُن تہٕ پھر پھر کران گیہِ حوا

ژرہ ہنٛزٕ شکلہِ منٛز ڈُلتھ تہٕ مےٚ وۆٹ پنٕن خالی وۄجوٗد بیٚیہ واپس تہٕ سیاہ

لکیر اُس مےٚ کُن وُچھتھ ٹھاہ ٹھاہ کران اسان۔

راژ ہنٛز گنٛڈ۔ سرد تیٚز ہش راتھ۔

کیہنہ چھُنہٕ میون۔ بہٕ چھُس گنٛجِ زوٗن۔ واریاہ دوٗر یتھ سرٛ

راژ ہنٛدِس گنٛڈ زوٗلس منٛز ڈُنی دِوان۔ دزٕ دِنہن احساسن ہنٛز گرمی چھےٚ

گرامیانہٕ اُشک سرٛیہ تام خوشبکھ کران۔ تہٕ گمے چھُس بہٕ سرد تیٚز ہیوٗ

یان شاہوسہ ستو وشناوان۔

●

زان ہچھان کرٕنۍ۔ یِمن پیٚرزَن تہٕ یِمن دوہ لابن نہٕ سۆ لگہٕ ہے۔ تِمنے
پیٚوِس نوجوانی منٛز سٕنٛن۔ سُہ اوس دِیان پہٕ دُنیا کوتاہ کرٕنہٕ یِتہٕ سنگدِل
چھُ اَکِس مجبوٗرِ تہٕ موذوٗر انسانس سیٚتھ ہمدردی کرنہٕ بجایہ چھُ تِمس
سماجَس منٛز حقیٖر نظرِ وچھان۔

اَکہ لٹہٕ کریوٗد گُلزار ان ہیٚنز کینہہ سیٚٹھا زیٚیمہ ساتہٕ زوٗنس
وچھنہٕ ین، تِمن گوٚژھنہٕ زوٗنہٕ نہٕ لنٛجہِ رُک زون پیوٗن۔ اَمہ موٗجوٗب
گوٚو تِمو محلہ نیبر بیٚیس اَکِس دوٗر دراز اَشناوس نِش اَمیٚک سٕنٛزہٕ
بڈٕ مُشکلن گوٚ گرٕ اَکھ تیار۔ تہٕ یِم آیہٕ زوٗنس وُچھنہٕ۔ زوٗنس اوس
اَمہٕ دوہ ہیہ زوٗ اَتھس کیسہ تہٕ گلزارس اوس زن تہٕ شاہ کھسان
تہٕ وَسان۔ پُژھی بایَن آوسیٚٹھا خاطر کرنہٕ۔ یہ کرن گوٚژھ تِمہ کھوتہٕ
ژوہ گیتہٕ اوس گلزار انتظام کوٚرمُت۔ پُژھی بایَن ہیٚژن خدمتھ کرنہٕ
موٚکھہٕ اوس تِمس ووہ پیٚر زنانن زار پار پیٚوٚمُت کرن۔ زوٗنہٕ ہنٛز شکل
تہٕ توٚہ ہنٛد حیا وچھتھ آسہ سارے وچھن واجنہٕ روزِتھ گمژٕ۔ اَکہ ہے
نظرِ منٛز کرٕ تِمو زوٗنہٕ پسند۔ مگر زوٗنس اوس توتہٕ اَندرہ اَندری کیٚاہتام
گژھان۔ تِمس اوس باسان زن وُنی نیٚتہٕ وُنی اَکھ بم پھٹتھ یتھ منٛز سہ
تہٕ توٚہ ہنٛد بوے وُستھ تہٕ ہَرِتھ ین۔ آخر سُپدی تیمیٚک ڈر اوس
اَکھ اَڈور زنانہٕ وُژھ زوٗنس کُن۔ "تلہٕ بی کوٗری۔ ژٕ وہ ٹھکھ تھوٚد۔
یتھ کُٹھِس منٛز کڈکھ اَکھ زٕ قدم۔" یہ بوزِتھ ژن بیٚیہ زوٗنس ژٹھ
سوگیہٕ زن زمینس لارِتھ۔ تِمس نہ چھُ کینہہ پھوران، نہ چھُس حرکتھ

آبہٕ نوٗٹ ہیتھ لٔہ تہٕ لٔہ تہٕ پدر ژراوان تہٕ گرٕ کُن گژھان۔ مگر شبنمنہٕ کار
گرِس نزدیک واتِتھ لوٗگ زوٗنس ٹھوٗنکرٕ تہٕ سہ آیہٕ پاشاہ کرِتھ اَکِس
کُن لاینہٕ تہٕ آبہٕ بُٹِس گیہٕ دوٗیمہٕ طرفہٕ کھٔشِتھ۔ محلہٕ واجِنیو تُلُج زوٗنہٕ
کھٕ چھپہٕ تہٕ ژاگٕنِتھ اَندر۔ وَہَن پنٛدہَن دوہَن روٗد زوٗنس ہسپتال بَرتی
روزُن۔ تِمِس اُمس کوٗٹھِس تَل اَکھ اُڈرج بڑٕ کوٗنہٕ آیہ۔ ڈاکٹرو کٔرٕ تِمِس
زنگ ٹھیک کرنچ پٔرٕ کوشش۔ اَکہ پوٗز ییمہٕ ساتہٕ تِمِس روٗ خصتہٕ آو
دِنہٕ تِمِس روٗد یتھے لَنٛجر ہیوٗہ۔ اَدٕ سُہ دوہ تہٕ پہٕ دوہ تِنہٕ پتہٕ پیچھٕ زُن
لوٗگ زوٗنس گژھُن تہٕ گلزارس روٗد قرار۔ گلزارس توٗرٕ گوڈٕ گوڈٕ
فِکرٕ زٕ بِنہٕ ہیٛندہٕ لَنٛجر کوتاہ درٛوگ پئیہٕ تَس مگر پیٛلہٕ چُھن زوٗجان تہٕ ہتہٕ
گلزارن زوٗنس کھاندر کرنہٕ خاطرٕ ششہٕ ہیوٗت کرُن تِمہٕ ساتہٕ توٗر گلزارس
دارٕ پاٹھو فِکرٕ زٕ زوٗنُن لَنٛجر کوتاہ کرٛوٗٹھ بنیو تِمِس۔ اَکھ زٕ گرٕ آیہٕ زوٗنس
وچھنہٕ۔ شکلہٕ عقلہٕ وچھِتھ گیہٕ تِم حاران مگر پیٛلہٕ تِمو باقی محلہٕ واجینن
بنشیہ بوٗزٕ زٕ زوٗنہٕ چھےٚ لَنٛڈٕ تِمو کھیٛیہٕ کَتھے۔ گلزارس اوس یہ بوٗزتھ بہوے
تلواس ہیوٗہ دوہ کھان تہٕ سُہ اوس دپان ییتھ ساریہٕ ہمے دُنی ہس گوٗژھ
نار لگُن۔ سُہ اوس اَکھ پوٗرمُت لیوکھمُت نوجوان۔ سُہ لوٗگ سماجس
لیکہٕ ژارنہٕ تہٕ سوشل ازمس اَندرم اَندری بکواس وَنہٕ نہٕ مگر کرٕ ہے کیا۔
تہٕنٛدِ اَمہٕ فلسفہٕ تہٕ آزاد خیال آسنہٕ سیتو کیا ہیٚکہٕ سپدِتھ۔ وار یاہ
سوٗنچِتھ تہٕ اوس نہٕ سُہ کُنہٕ نتیجس واتان۔ کھاندر۔ لین دین۔ تُلہٕ ژاو
دُنیہٕ ہیکہٕ رسمہٕ رواج یِم تمام سِستم نہٕ ژاگٕنِتھ تہٕ بیٚیہٕ تِمِس پَتن مِشنہٕ.

پانہٕ ہیٚے سیٚتھ اوس سوٗنچان یہ نِظام چھُ غلط۔ یہ حکوٗمتھ چھےٚ
غلط۔ سُہ لوٗگ سوٗنچنہِ اگر اَکھ اِنسان موذوٗر چھُ، تیٚمِس کونہٕ سماجَس
منز پننہٕ حق میلان۔ اَسہِ کونہٕ اَکِس کھوٗٹ کار اِنسانس اَتھہٕ روٗٹ
کران۔

یِہی سوٗنچان سوٗنچان پییہِ تیٚمِس دوٗر اَکِس کورِ پیٚٹھ نظر۔
"اُف میانہِ خُدایا!" تیٚمِس ژوٗل کُنہٕ ومش نیٚرِتھ۔ یہ
کوٗر کٲژاہ حسین تہٕ جمیل چھےٚ۔ اَمِس کوتاہ حُسن چھُ۔ مگر یہ کیشا
یہ لَنڈ گمِژ۔ یہ نہٕ پننہٕ نیوز تنگوہ ہیکان پکِتھ۔ یہ کُس پوٗش یُس مارِ گوٗمُت
چھُ۔ گُلزارہٕ لوٗگ اَمِس مُدے گَنڈِتھ وُچھنہِ۔ تیٚمِس آیہ پننیو بیٚنیہِ
اَچھَن تَل تھٲشن بدنصیبی نظرِ تَل تہٕ تھٲشنہٕ آرہٕ برژہٕ اَچھ اَچھن تَل۔
سُہ کوٗ پیٚہہ ے روزہٕ بتھہٕ ہیوٗہ۔ گُلزار ووٚتھ بھوٗد۔ سُہ لوٗگ بیٚنیہِ خوٗدایہ
پیٚشنہِ خُداوندی پیٚٹھ سوٗنچنہِ۔ دَیان چھُ اَمہِ کورِ کیا خطا چھُ کوٚرمُت
زِ اَمِس چھُ یہ سزا دِنہٕ آمُت۔ کوتاہ ظُلم تہٕ جبر چھُ اَمِس کورِ پیٚٹھ
آمُت کرنہٕ۔ بیچارِ اَمِس کَم کَم اَرمان آسن چھَلہٕ چھانگرِ گمتی۔ سُہ کُس
آسہِ پُش اَمِس قدٕبول کرِ۔ یہ کَتھ سوٗنچِت پیوٚ گُلزار حیسَس۔ تیٚمِس
آیہ اَندری اَکھ آواز ییٚمہِ آوازِ سُہ وُزِہ نوو۔ یہ اُس تیٚمِس پننہِ دِلچ
آواز یمہ سیٚتہ تیٚمِس وَنان اُس۔

"گُلزار۔ ژہٕ اوسُکھ دِنی وَنان زِ یہ دُنیاہ کوتاہ سَخ چھُ۔ اگر کانٛہہ
اِنسان موذوٗر آسہِ گومُت کیاہ یہ چھُنا سون فرض زِ اَسہِ کَرَو تیٚمِس اَتھہٕ روٗٹ

گژھان ۔ یہوے گوس موتُن ہیوٚہ ۔ تمہٕ سوٚنٛچ ووٚنی وۄھتُن یاہن چھِنے گُنی کہتا ۔ چھُنا صلاح بہٕ وَنہٕ یمَن زنانَن صاف زِ بڑٕ وۄھمہٕ دۄیس حوالہٕ یہٕ گژھن اوس تہٕ گوٚ ۔ بہٕ چھُس لُنڈ بہٕ چھُس نہٕ تہٕ ہہٕ لایق ۔"

مگر یوٚت کرٕ ھتہٕ بہٕ پھور پۄو نہٕ تمُس کہنہٕ ۔ سۄ وۄژھ پھیرٕ منتو کۄ ڈیو تھوٚو ۔ تمہٕ گُڈ اَکھ زٕ قدم ۔ تمُس آو کلُس گیوٚر ۔ سورُے کُنڈ آس نشان بوزہٕ ۔ تمُس اگر موٚولی لنجرِ اوس مگر وُنی کہس لوٚگنہٕ تمُس ترٛیٚیُم قدم تہٕ کڈُن ۔ سۄ آیہٕ ہکہ پھتھرَ لاینہٕ ۔ تہٕ پُرٛژھ بایہٕ اکھ اَکس دۄہ لہٕ وُچھینہٕ ۔ تمَن تور فِکرِ زِ زوٚنُن تۄ صوٚر کیا چھُہ ۔

زوٗنس یِتھے ہوش آو ۔ آتہٕ نہٕ آسہٕ پرُٛژھ بایَے تہٕ نہٕ ہمسایے بایے صرف اوس توٚہند بوے گگزار وارِ منز پھیٚتھ ہینہٕ بد قسمتی پیٚٹھ اوش ہاران ۔ زوٗنس اوس نہٕ ووٚنی پننہٕ بدٕ نصیبی ہُند پھیران ۔ یوٚت تمُس بایس کُن وُچھِتھ دِلس شرٛاکہٕ آسہٕ وُسان ۔ امہٕ پوٚز کریہے کیا ۔ دۄشوٕے اُسہٕ مجبور ۔ زوٗنہٕ اُس دیان گژھنا یینٛتین چاہ یاد تہٕ سۄ دیہہ اُتھو منز وۄڈ ۔ تہٕ بوے تہٕ اوس یینہٕ خیالَن منز گرفتار آسان ۔ زندگی نِش بیزار تہٕ پننہٕ نہٕ بانہٕ نشہٕ بے خبر اوس اَکہٕ دۄہ ہہٕ گگزار دوٗر اَکس باغس منز بینچس پیٚٹھ بیٚہِتھ وُنی یہکِن حارِہ ثاتَن سنیوٗمت ۔ سونٛچان یہٕ سمسار کوتاہ حسین اُسِتھ تہٕ کوتاہ بدصوٗرت چھُہ ۔ اَکھ چھُہ عاشُش کران تہٕ بیاکھ ژھرِ شہٕ ژھرِ ٹھ کران ۔ اَکس نِش چھِنٕ بے شُمار دولت تہٕ بیاکھ چھُہ بیچھان ۔ اَکس چھُہ عاب ژلان تہٕ بٔیس چھِنہٕ ایمان دارِی تہٕ بکار یوان ۔

ہنٛد اَتھہٕ منٛز اَکھ بیمٲرؠ تہٕ گُلزارٕنۍ تیٚج پہ پانٕنۍ تہٕ کرٕنۍ اُمس حوالہٕ
مگر گُلزارس توٚر فِکرِ زِ پہ بیمٲرؠ چھیٚیہ نہٕ ہشنگہ تہٕ مٔنگہ کینٛہہ بلکہ آیہٕ
اَتھہٕ منٛز یلہٕ ترٛاونہٕ۔ گُلزارٕنۍ پُتھٕے اُمس پہ بیمٲرؠ اَتھس کینٛژھاہ دِژ
اوٚ ہنٛد اَتھہٕ لوٚگ گُلزارنس اَتھس منٛز تہٕ تٔمس آیہٕ سارٕے ہیٚبے پانس
گرٛین ہش۔ بٔنیہ پُتھٕے اَمہ کورِ مُدٕے گنٛڈِتھ گُلزارس کُن زیٛٹھ نظر
ترٛٲو تہٕ تٔمس روٗد نہٕ پانس ہوش۔ یہ موقعہٕ تہٕ ماحول وُچھِتھ ژوٚل گُلزارس
یک دم زیٛوِ منٛز نیٚبر تہٕ۔ "اگر ژےٚ اعتراض آسہٕ نہٕ بہٕ چھُس چانٛی یِم
تمام غم پانس پیٚٹھ ہٕو بوٚل کران۔" یہ فلمی ڈائیلاگ وٲنِتھ کرٕ گُلزارٕنۍ
ژھعو پہٕ تہٕ کوٗرۍ اُمس تیتھ کٔنۍ وُچھنہٕ زِ زن نہٕ تٔمس باسان اوس
زِ گُلزار چھُ پوٗز وَنان۔ گُلزارس روٗد نہٕ اَمہ اور پانس تانٛی تمہِ وون صاف
پٲٹھۍ اُمس کور۔ "بہٕ چھُس ژےٚ سیٚتۍ کھانٛدر کرنس پیٚٹھ تیار۔"

یہ بوٗزِتھ ترٛٲو اَمہ کورِ گُلزارس پیٚٹھ بٔیاکھ نظرِ تہٕ گُلزار
وُوتھس بٔنیہ: "شاید چھےٚ ژےٚ مذاق کرٕ ہان۔ مگر اَمہ کورِ تیٚج کٔنۍ
چھباتھ تہٕ ترٛٲوِن گُلزارس بُتھس۔ گُلزارس ژٔج کھوٚر تلہٕ زمین نیٚبرِ تہٕ
زنگن دراس پیٚو ہے زوٗ ہیوٗ۔ اُتھ منٛز آیہٕ اَکھ زیٛٹھ خوٗب صوٗرتھ
تہٕ حسین کار اُمس کورِ بروٗنٛہہ کُن۔ اَمہ منٛز درایہ اَکھ زٕ نوکر تہٕ تمو سنبٲلٕج
یہ کوٗر تہٕ بٔٹھِ آرامہ سان بِہناوِکھ موٹرس منٛز تہٕ موٹر دراو شوٗن کرِتھ دوٗر
واریاہ دوٗر۔

تہٕ تِمَس تہٕ دِمَو سما جِس منٛز۔ روزنٕک پوٗرٕ پوٗرٕ موقہٕ۔ اگر زٕ سے منٛز جوٗ رٕہتھ
چھُہ گژھ بروٗنٛہہ کُن تہٕ کرُن یہِ کوٗر بانٛس قوٗبوٗل۔ نتہٕ چھُکھ زٕ خود غرض
تہٕ لالچی اِنسان یُس یتھٕ پٲٹھۍ بیٚنیہ جان گرِ ژھانڈان تہٕ پانہٕ لوٗب
ہیوان۔"

گلزارس گو سورُے پان عاشقُن علوٗق۔ سہٕ آو اُمس وٕلہٕ گتٕنس
منٛز ہیٚنٛہ۔ یہ اوس تہٕنٛدِ خاطرٕ پزِ ی پانٛٹھ اکہ امتحانٕک وَق۔ سہٕ لوٗگ
سوٗنچنہٕ کیا بہٕ کرا اُمس تریٚہ کوٗرِ سیتۍ زِندگی وابستہٕ، ییٚمس قدمہ پتہٕ
قدمہٕ ڈوٗکھ چھُہ روزُن، مگر ییٚلہٕ تِمَس زونہٕ اُچھِن تل آیہ، تِمَس آیہ
اکھ نوٚو وَلتھ اُتھہٕ تمو کوٗر پوٗرٕ ارادٕ زِ سہٕ گژھہ اُمس کوریٚنِس تہٕ
دٕہیس بہٕ یچھس زٕ تے قوٗبوٗل کرنس تیار تہٕ زٕ تے سیتۍ کھاندر کرنس
تیار۔

گلزار پوٗک بروٗنٛہہ سوٗ کوٗر اُمس دہ فی باغہٕ منٛز دراہس۔ سرٹکہٕ ہیٚنٛدِ
فُٹ پاتھس سیتۍ سیتۍ برابر گُو ڈٕکھرادان ڈٕکھرادان پکان۔ گلزارِ چھُہ
وارٕ وارٕ پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ وارِیاہ کینٛہہ سوٗنچان۔ اُتھ منٛز ڈوٗل اُمس
کوٗرِ کھوٗرٕ تہٕ سعہ میٚرِن پیٚتھرِ لاینہٕ پیٚوٕ، مگر تمہٕ سنٛبول ہیٚتن پان تہٕ گلزار
آو تِمَس سیتۍ کتھ کرنس موقہٕ۔ اَمہ کوٗرِ ترٲو گلزارس پیٚٹھ اکھ نظر
تہٕ گلزارس توٗر بانے فکر زِ یہ کوٗر چھےٚ پیٚنہٕ بدنصیبی ہُنٛد حال باوان۔ اَمہ
کوٗرِ ترٲوِ تُلی تُلی وارِیاہ نظر گلزارس کُن تہٕ تِمَس چھُہ موٗ حسوس پیدان
زِ یہ کوٗر چھےٚ اُمس منٛز کیا۔ تام دِلچسپی نوان۔ پکان پکان بیٚیہ کوٗرِ

تَیشِنٛدِس بُتھِس پیٹھ اوس اکھ عجیب خُمار۔ یُس اکھ پَزر اوس - اکھ
معلوٗل پٔزر۔

مےٚ زانٛہٕ پٕ کتھ ـــ ییٚمہِ کینٛہہ شہ ازٕ مےٚ پانَس بروٛنٛہہ کنہٕ وُچھ
سُہ چھُ مےٚ برونٛہہ کنہٕ۔ مُنزِم اَچھ چھِس ناپان۔ کینٛہہ دوہ گٔیہ مےٚ چھُ اکھ
ایحساس دِیاغَس منٛز گنیوٚمُت۔ اکھ مَرُبِچ ـ ییٚمِس مَس نیٚشنٛدرٕ اُسِس
سُہ چھُ دوٚنۍ وارٕ وارٕ حرکتھ ہیوان کرٕنۍ۔ پننِس پانَس ورِ کڈان۔
سُہ چھُ مےٚ برونٛہہ کنہٕ۔ سےٚ چھےٚ پوٗرٕ پٔزھ۔ مگر کیا کرٕ۔ مرُبِچ
چھُنہٕ دُرہٕ پوٗرٕ پانٛچھ دوٚتھمٕت۔ تَس چھُ وارِیاہ ہیوٚر کھسُن ـــ تتھ
اَچھ چھِس معنۍ کرٕنۍ ـــ وارٕ وارٕ ـــ تتھ پَزرس نِشہ چھِس وٕتُن
ییٚتہِ تھزن عرفان چھُ میلان ـــ مُکتی . . . !

ہُمتھ کُلِس تَل چھِ ہہ ہُڈٕ۔ اَمِس چھےٚ ترٛیش ـ حقیٖچ ترٛیش۔
یِہ تہٕ چھُ کُھمہٕ تام ییٚنہٕ وونہٕ نَس منٛز مَس۔ خبرٕ کوٚت آسہِ دوٚتھمٕت۔ یَنہٕ
پانٛچ چھِس نہٕ خبرے۔

تہٕ تُہٕ روٗنہٕ گمہ ڈٕن ہُند صدا کنن گژھان مگر سَرِ چھِس
چھےٚ آمہٕ سیتھ مَس نیٚشنٛدرٕ پیوان۔ بہٕ تہٕ چھُس خبر کیا کیا سوچان ـــ
ترٛیش ـــ میٖنکا ـــ سعہ کاڑاہ پٕرینٛہ تہٕ حسین آسہٕ ہےٚ۔ ننٛتہٕ منٛز
ـــ روٗنہٕ گمہ ڈٕ تھٕ ہنتھا! . . . مرُبِچ تہٕ چھُنہٕ دوٚنۍ ہُشار گژھان ـــ
تَس چھےٚ مَس نیٚشنٛدرٕ ـــ تَس چھےٚ مَس نیٚشنٛدرٕ . . . !!

●

رتن لال مجوٗ

# ترٛیش

وٕنیُو اَمہِ ڈوٗل آسنہٕ — گٔڈٕ وۄٚہتھ ڈۄلان ڈۄلان — یِہٕ
رۄہ نہٕ گۄمہٕ ڈٲن ہُشہٕ سدا اوسُن وۄنہٕ ژھومہٕ کُن ہیوٗ تُمت۔ اَکھ۔ زٕ۔ ترٛےٚ۔
تسُند اُمرٕ واریاہ پھرٕنہٕ آمُت۔ اَکھ۔ زٕ۔ ترٛےٚ۔ ژور۔ پانٛژھ۔

تمہٕ ژوٗرہ بُڈٕ رٮ۪شس بٔرہ نہٕ کُنہٕ ڈاپھ۔ سُہ وۄٚہتھ تھوٚد تہٕ اُچھن
مۄرٕن دِتھ یٔیلہِ مینکا پانس ترٛونہِ کُنہٕ وُڈہٕ یانہٕ دٕ چھِن تَس پیوٗ نہٕ
کینٛہہ پَلہٕ۔ سُہ اُس سپھٹا پٕٹھوٚ۔ سپھٹا سُہ نٔدر۔ تَس اوس
پھیرِکھ کھسان۔ سُہ اُس وۄنہٕ ژٕژٕ ژٕژٕ ژھیتھ یمُت۔

ریٛوش وۄٚہتھ تھوٚد تہٕ اوریور دِیتُن چکرتہٕ، یتہٕ آو بتیہ ینی جایہٕ۔
سوچان اوس زِ یہٕ کیا۔ تُسُند تَس اَز۔ یہٕ اوس تَسُند زندگی منٛز اَکھ نوٚوے
قصہٕ — اَکھ نوٚو تجرُبہٕ۔

زوٗن اُس پھٔل ژٕندرہش ناپان تہٕ اَتھ اُندہٕ اُندہٕ اُسہٕ ترٛہیخ
اوٗبرٕ لنگ اَویزان۔

سُہ اُس وارٕ وارٕ بوٗن وٕژھمُت۔ تُسُند یوٗ رۄہ نہٕ گۄمہٕ ڈٲو اُس
میٹھ لےٚ ژٔٹمُت یٔیمہ کنہٕ زن تَس کانہہ ھکُن اوس نہٕ باسان۔

اُچھن ہیٚنز بہ چھہ مامِر ۔ لوٗرِ چِہ وٗتہ مامٕشَن ۔ یام مےٚ بٔرونت چھُ گژھان۔
بہٕ چھُس رُکٕزِتھ گژھان زِ خبر" سہ ہے" ما آسہِ ۔ یوٚت یوٚت "تام چھُم
لِدان زِ وَنَس "تلہٕ سام قرار کَرَ تہٕ ۔ ناو کیٛا سام چھُے ؟" بٔرونت چھہ بٕرونٹھے۔
چھیٚتہٕ کران ۔ نَنٛدٕ چھاوان ۔ لول تہٕ بُزٕ ی توٗن اَکھ بٔرونٹھے ۔
کیٛتو دوہ دامِتھ اُتھو اَکِس بٔرٲنٛتہٕ ژھایہ گَنٛتھ کران ۔ نَظرَن
ہیٚنز پیٚنٛز بیران ۔ سہ تہٕ نیران تہٕ بیٚتہٕ دوہ شٲلو ہیٚنز دَکھ ہیوان۔
گرٕ دوت مےٚ کیٛتو دوہ وَقتَس پیٹھ نیران تہٕ اَژان تہٕ یُتھ زِ دوٗری
سمکھیم تہٕ اُچھو ہے اُچھو ہے کرِس سلام تہٕ نیر ۔ فاطرٲژی ! وَنہٕ
کَس ؟ بادرٕ گی ! بوز کُس ؟ پَکان آسہ تہٕ ڈیٚتھ تھوٚو سینہٕ کین کیٛن اَمر بیتہٕ
بٔرژَن مَس مَلرِن پیٹھ سرپوش نِدار دِ چھہ ! یاد تھوٚو ! شرِ ہے تھوٚو سہ ۔۔۔!
بیکٕش رُس تہٕ سَکہٕ پوٚتس شرِ ہے لَلہٕ ژُن ۔ ہیقلہٕ مےٚ راوِنہٕ کیٛنٛھہ ۔ ژٲے
راوی ہِنٛز اوقاتھ ۔ زِیوٗٹھ پاکُی ڈیٚشُن کٲنٛتہٕ مس تھوٚو پَتھ کیٛن شربتہٕ اَبرٕ
روخ تھوٚو دار ہِشی زِ دُز پوٚز زُلفہٕ ژھاین تل ہیمتھ نہ ۔ پیرِکہ ترٲوِتہٕ
میٛشٲنی اَرمان گژھن لَتہٕ مہ تہٕ ۔ کانٛسہ پَتھ بَلِ مَتَن تہٕ کوٗت لوٚب وُن
تہٕ ڈوٗٹھ چھُم ۔ گوڈٕ کِتھ نہٕ چھُم دُ زیوٗت گژھان ۔
اَزوٲرُی مےٚ زِ دوہ تَس وِچھنَس ۔ ییٚمہِ وَتہٕ چھُم وٲران ہاسان"
خبر خارٕ ہے چھُس ، کِنہٕ کوچہ پھیشر کوٗرُن ؟ دیو بتییہ کُن تبدیل گیہ؟
کِنہٕ کَڈِ ہے ژھیتکھ نوکری مَنز ؟ پَڑھ تہٕ کَنٛتہٕ کَرو ۔
ساد ناکَٹ کیٛا چھُن کوٗرُت ۔ قَد چھُس عان تہٕ کٲن سُے یتھ

رۆشل پوٗنچھ

# بُرأنۍ ژھایہ

یٔیلہِ تمکھ تیٚلہِ ژھٕکھ جایہ۔ پٔرتھ وٕز۔ سۆ پٔنٕنس مَنز تہٕ وُز
تہٕ یٔیلہِ نہٕ تیٚلہِ نہٕ گٔنی۔ یَتھ ژھۆپہٕ تہٕ ہٲژِل زندگی تہٕ دوتُس نہٕ کُن۔ یٔیتہٕ نے
گیوٗدتُس تہٕ مےٚ اُچھ ہیٚتھٕ۔ یٔیتہٕ نے گیوٗدتس تہٕ مےٚ دُژوٚٹ۔ یٔیتھو دٕدرتس
اَوٕ یٔیتھو ژُدتس پیٚٹھ لارے ییٚہ پہٕ میاٗنی بٔے سعوکھ نظرتس یٔیتہ یٔیتہ —
یٔیتہٕ نے مَتے یوٗ پہٕ میون بےٚ قَل دِل۔ دٔنی زبس تہٕ کیاہ سۆ پٔنہٕ ژھاین
ڈُلہِ ژُٹی رُٹی مَژٕ روونس۔ یٔیتھو موڈس پیٚٹھ کھارِیونس بہٕ اتھس
ہتھچہ کرِتھ ہٕرٹس۔ یٔیتہٕ نے ترٔیہ۔ بہٕ تہٕ سعو ناوِ کیٚتھ ویٚتھ اُلور۔ کیٚتہ
پھرِ یکھو اُسی ہمَن دوٕن قدمَن پھیٚکس سیٚتی پھیشوٚک ملہِ وتھ یٔیتہ گٔس
تل کیٚتہ پھرِ بورٕ اَسہِ لوٗلس لول۔ کیٚتہ پھرِ مارٕی یَتھ باغس ژھپہٕ ژھاو
ژھوٚپہ نہٕ اُرنیتھ زِسون ژھیٚپہ گرٕژھن چھُ محال۔ اَوٕ تہٕ یَتھ یاں ژادرِ
ہٕیدِس موٗدرس، زٕسہٕ بُرتِس تہٕ شیٚہلِس گرٕزٕس سیٚتو کُن سَیدِتھ کیٚتہ
پھرِ کرٕ اُکِس اَکھ باوٕتھ۔ تم شیٚہلو ساتھ۔ مےٚ چھُ واُراگ وعہ بتھان۔ لکھ
کیٚاہ اُسو نان تورُک نہٕ ظٕہرِن۔ اُسو کیاہ اُسو کران تمیُک نہٕ پرواے۔ کیٚتہ
بنہٕ لوکچارُک مَژٕر۔ جوانی سگے دیوانی۔ یَنہٕ تہٕ دُپو زبہٕ کیاہ چھُس ودٕ یٔیوٚمُت
تہٕ ژھعہ کیوٚمُت۔ بہٕ زِن ژھعہ کہ تہٕ لونگ سترٕیٹہ ہا ژھعہ کہ۔ بہٕ زِن چھڑٕ تہٕ

عابدہ احمد

# پوٚت آلو

کاژاہ پھِروٗنے بۄ زٕ لالٹین چھُ فقط ییٚتھو کُنٹھس کا شراوان۔
دِہ لۄہ چھُ پانے۔ سۄ ییٚتھ تھوٚد کھالنہٕ سیٚتھہ تہٕ کیا سپدہٕ۔ ہیا اَکھ کُنتھ چھنے۔
دنیہ یہٕ ہاگُر عقلہ تہٕ شکلہ ہیٚنْد کاش ..... مہ آس اَکھ سنان۔ ہاوسن تہ
اَرمانن ہُنْد کاش ہا چھُ اوٚن۔ تمہ کاشس پیٚٹھے میانٕ گنٕزِن ژھانٛپھ
بہٕہتہ۔ اَما پوٚز گژھہٕ زٕ لِس منز تہٕ پرِتھ کانہہ شے بوزنہٕ یِوان۔ تلا کر اَچھ بنْد۔
ژیٚنے تہٕ ہا کرِ مُشتھ۔ یتیم ژرۆشتھیٚٹھم پاوِ یاد۔ ایٚحساس... کمِس
گژھن مُشتھ..... اَرمان۔ کُنتہ کوٗنس منز مین لوٚب۔ ہیا تلا کرناو تم
ساٰرا۔ بہٕ ہا آس ییٚتھ رادٕ ژھوٚٹس گانس منز سیٹھا تنگ۔ ژنگہٕ لوٗن
چھُم پرتھ دوہ کرٕنہٕ یِوان۔ کم کم چیز نالِ تراوان۔ پیٚرتھ کیا تھاوان
ہا ہا ہا ـــــــ رودہا بیٚیہ ـــــــ نہ ہُنہ کیا چھُ۔ پوٚز اَپز ژوٗر ژھیٚبہ
گنڈُن۔ میٚژ منز تھُرنگو دِنی۔ یمے میٚژ لہ برادر، ٹھہ جہ کرِ کریو دِچھان
..... میانٕ شاے گیہ ییٚتھ اَنتہٕ رستیس کرِہنس سوٚدرن منز ـــــــ
اَکھ اَکھ بوٚنز ژھہ یارِ ناپان..... یمن زٕ ژٔن زن اَز دہہ ٹہ ماٰسیو
نیٚنْدرٕ نگا منز۔ دفع کرٕن یہ لالٹین..... اَتھ کرٕمہ پرتھ وِز نکاشہ گژھہٕ۔

چھےٚ ہنا اَژھ مگر گژاے ژلے چھس سو ے۔ ژٕنۍ ژٔل چھےٚ ترژھے۔
آسہٕ ! تہٕ زٔن پرٛزلہٕ اوٚ برتٕلۍ وُزمل۔ خبر کمۍ کارٕ گرٕ ن چھس دٕند زٔن نیپہٕ
کرٕ وہنہٕ مو کھتہٕ رٕ جرٕی جرٕی ھتوٚ مژ زُ چھ وُچھ تہٕ چھس نہٕ ھکان۔ کیتہٕ
پھرِ دوٚ ہم زٕ ونس۔ "نسائٕ ژٕ کیاز آسان؟" دوٚ پنےٚ ژمے کیٛاسا بہٕ کیشہ
گژھ؟ پوٚز تہٕ چھُ تو تہٕ چھم منے رتنز ناوان۔ بٔلۍ کہٕ میانی بیقلاژی
پیٛٹھ آسان آسہٕ زٕ" بچور! چور! رو دمُت! اگژھ تن ورٕ۔ مےٚ تہٕ کیا
چھُ راوان۔ دٕندٕ ن ہنز مو کھتہٕ رٕ چھےٚ ژٕ ھ ورٕ میانین اَچھن ژرٛ ونہٕ
کنہٕ نژان۔ واہ چھم سو تان۔ مےٚ تامے آسہےٚ سوی کرٕ ہن۔ بٔلۍ کہٕ منٛد چھان
آسہٕ۔ مےٚ تہٕ چھُنہٕ تاڈ وہ ھان۔ بٔلۍ کہٕ کُنہٕ دوہ یہٕ دوٚ ھتمُ ۔۔۔۔ پرٛژھس
۔۔۔۔ تہٕ پلیوےٚ تہٕ ونس۔ لوٚ گسیہ پاری ۔۔۔۔ لوٚ گسیہ وٕندھ وُندی۔ رُہٕ
اَما ۔۔۔۔ ۔ تتہٕ آسیا سو یپہٕ تیتھےٚ پاٹھو برکہٕ ۔۔۔۔۔ زٔن
کالیج جہاریٚز۔ اَتھن کھورَن مانٛز تہٕ پھٹہٕ پھٹہٕ کرٕ ونٕ ہیرِ تن۔ "بہٕ نیرس
تیتھےٚ پاٹھو بُتھ۔ گرٕ ڈہٕ ما آسہس میانی کُنہٕ کیتھ کنز دِلس دٕکہٕ لوٚ گمُت۔
نہٕ سو وُچھ نہٕ تتھ گٔژھ۔ اَتھس منز اَتھ چیرِ رٕشتھ باوس سورُے۔ سارٕی
اژلم نتھ۔ حیسہٕ وہ یسر۔ اَندری دٕ رنہٕ وُپہٕ بالکل پاٹھو۔ پانس تام روزہٕ ہمنہٕ۔
مو نزہٕ تہٕ میٛٹھ کرس۔ وُٹھن سیتہٕ وُڈ ملہٕ وٕتھ چھےٚ لوٚ گ
موٚ درمس ۔۔۔۔۔۔ چھور تہٕ پرٛزلہٕ ونٕ ن۔ سورُے مشم۔ سو ے!
چھرا سو ے رٔتن چیرٕ" یتھ پاٹھو "نالہٕ متہٕ ز سارٕی شرٕ نیرٕ نم۔
"چھکھ کیشتھ ژٕ ۔۔۔ پھرٕ ٹھ کریو ھتم" تہٕ لہٕ ہٕ ن نازکہٕ اُکنےٚ۔"

ایم نِستا

# پٕراگاش

نصیٖب راتھ اَس ڈٲجمٕژ۔ ژوٗ وا پاسے اوس ژھوٚہ پیہ نال
دوٗل مُت۔ تَس زَن اَس نیٚنٛدرِ دُزمٕژ۔ تمہٕ ترٛوو اکھ زیوٗٹھ ووش
تہٕ لجۍ اوٚش وہ ہراونہِ۔

” والے تقدیر لیکھن والہِ! تمہٕ ہیٚژ کرنہٕ دِلہٕ مٔنزی خوٚدایس
گرٛاوٕ۔ کیٛاز اُنی تھٔس بہٕ اکھ بدنصیب یتھ دُنِیہس؟ کیٛا کم گژھہٕ ہا
چانِس قدرتَس اگر زِ بہٕ آسہٕ ہا ہتھٕس نہٕ پأدٕے کرمٕژ۔ ہرگاہ وۄنی
یتھ دُنِیہس اَنے تھٔسے تیٚلہِ کیٛاز دِژہتھ مے کرٛہنہٕ شکلے تہٕ تیٚتھ سیٚتہٕ
سیٚتہٕ ژاوی ستم غُربتکو جامہٕ تہٕ نالی۔“

زٕژھا ژھوٚہ پیٛہ گرٕتھ لجۍ سعہ بٔبیہ پأنی پانس وَننہِ۔ ”مے کیٛا
پاپ اوس کوٚرمت ییمِیُک سزا بہٕ چھٕس تُلان؟“ اَمِس لجۍ اُشِس
دَدرایے تہٕ اُتھو سیٚتہٕ بعہ ڈییہِ سعہ کمَن تانی خیالَن مٔنز۔ تر پیوٚس
پنُن لہٕ کچار یاد۔

تَس چھہ تم دوہ وارہٕ ژہتَس ییلہِ سعہ ژاہٹہ ہالہٕ اَس لوان تہٕ مأژ
کٔن اَمِس وَنان۔ ” ہاجی۔ کورِ چھہِ مے کٔن وُچھتھ پانہٕ واُنی اَسان۔“

ژھیٚوٗن پَرٕ پھٕنٛ تہٕ ژٕکھ وٕرٕزن وٕزٕ نِمن پینٕ دِمہ بٔ — آ —
وٲژھ دٲجوٗد ژھانٛڈٕہٕ ہیُمن تَشگرن پیٚٹھ رٲژٕ — پاشی — پاشی ووٕتھ
کرمانٛ یکھن واش — وٕ چھی مےٚ چھِ کرتام رَتم کھٹرِ نٕہہ ناوِ مِتر۔ دوٕتھ
شُنٛیس کُن تُلو دُپھ ... ژٕ رٕکھو گاران۔ نیٚنٛدرِ چھےٚ نا پیوان۔۔۔۔
کینٛہہ نَے .... پاشی —— تیُمس چھُ زٕندگی ہُنٛد ووٕ گنیار پسنٛد۔
سوٕ چھےٚ کیاہ تانٛ وَنان ..... بٔ چھُس اَکھ وِزیوہ سیٚہہ ساد ستمیٚن
نِشکلیتھ بالہٕ وَچھس مَنٛز کھٔنیتھ تھٲوِمٕژ چھس —— موج ... پینٕ
موج .... ہو ہو کرِ یوٕ کینٛہ کے دٕورو ... گٔس گٔس موکر ہُیٚنٛد رو ...
ژٕ کیاہ اوٚش ہاران —— ہیا اَتھ کیاہ چھی نٕنٕہ پھٔلی ہیی۔ دوٕ لا
دُشتاوٕے ہا .... مےٚ دِی دوٕ دِ گوٗل۔ وِنٕہ آسکھ پھِکٕلے .......
نامے نامے وَنی کیاہ ... پینٕ کٕرٕ ہرِس کُن گرٕ ڈھکھ، یکھ یورکُن۔ بٔ
نے گرٕٹھ ہنٕہ۔ بٔ چھُس یوٗتاہ بوٗڈ، مےٚ چھُ پنُن سورُے پان یمتھ
کرہرِس مَنٛز بوزنٕہ یوان۔ سورُے پان!

موج تہٕ پاشی —— پاشی تہٕ موج۔ گُنٛڈُ اَنہار۔ بُتہٕ راٲژ چھُ
گُنٛڈُ انہار۔ بٔ گرٕٹھ تیتھ کٕنہ چھِ مَنٛز بٔنیہ وایس۔ آ۔ کنین مَنٛز شرٕپیتھ تہٕ
ہیٚنٛزٕ سیتو ہیٚشُ کرِتھ۔

زِ ژہ کوتاہ منحوٗس دوہ اوس یِیلہِ اُمِس مأجِ تہٕ گٔیہٕ ژھأنٛڈِتھ تہٕ دوہ ڈٔنی
اُمِس سعہ پینِس مألِس تہٕ لعہ کیتھ بأپس سیتؠ روزان۔

نسیمہ گٔیہِ جوان۔ اُمِس پیمہٕ وِلیہٕ شُدرہ آیہٕ تِمَن سیدیوٗ کھانٛدر
مگر نسیمہ اُمِس مأجِ مرنہٕ پتہٕ مألِس سیٹھا ژفیق تہٕ شفیق کوٗر بنیمژ۔ اَدٕ کینٛہ
اوس نہٕ ژہ تس گرہٕ نیبر کڈُن یژھان۔ مگر تتہٕ کأرہتہس کالس۔ اُخر کوٗر ہیٚے
چھپے آسان لوٗکہٕ نشہ مال۔

نسیمَن مول اوس موٗمولی کلأرِک۔ خأمی تنخاد پوٗنسن بیپھٹ یِتھ
وَقتس منٛز گُذارہٕ کرُن اوس      تِسَہنٛدِ خأطرٕ سیٹھاہ مُشکل۔ اُتھی سیمتی
منٛز کرناوِیوٗن جاوید بی، اے پاس۔ یتھ وہ میز بیپھٹ زِ لٔرِ کہٕ معہ کلیم تألیم
پرٕتھ تہٕ بگیم مُلأزم تہٕ میثا نہٕ بُجروک وَسیلہٕ در بِنہ۔ تِمُس اوس یہ خیال
زِ لٔرِ کہ کرِ بی، اے پاس تہٕ نوکری یِنہٕ تس منٛز ییہ نہٕ دِقتھ، بلکہ کرِ جانہٕ
آسن خأمی۔ مگر حقیقتھ سپیز تتھ بلکُل برعکس۔ جاوید رُوٗد ہرگُنہ دفترس
نوکری خأطرٕ درخاس دِوان مگر ہرگُنہ جایہ اُمِس تس بدٕلہ رقمیج منٛوٗر رتھ
پیوان۔ ہموٗرِش یہ غریب خأمی اوس۔ اُخرس سوٗریہ جاویدس نوکری مشیز
سُبھ تہٕ ژہ لوٗگ اکھ نرٕ پرٕ یویٹ ٹیوٗشن پرناوٕ نہٕ۔

مأیس اُمِس دوہ ڈٔنی یہٕ تأیر گژھتھ تس کیتھ وٕرہی باقے رُدی میتہٕ
آیہ کینٛہ اوس ژہ ہر روزٕ سوٗچان زِہرگاہ کأم اَنٛد ہیے تہٕ جانٕ نے گیوٗو۔ تکیاز
دوہ کھوتہٕ دوہ چھہ حال بتر یے گژھان۔ ژہ اوس دوہ ڈٔنی نسیمنہٕ خأطرٕ
جان نہٕ ہن گرہ ژھانٛڈہٕ نِکس سشرہ نس لوٗگمت۔ واریاہَن جایَن آیہٕ نسیمنس

ہۆ وَنان آسان ۔ اُمس کرُٹھ شکل ؟" یہ وُنِتھ اُسہ تس وَدُن ہیکو
گژھان ۔" میانی کوری ژ ہیے چھکھ آفتابک اَڑ ہش ۔ ژٕ ٹسے کیٚا
معلوم چھیہ کینہہ ۔" ماج اُمس اُمس مایہ ہوٚت وَنان ۔

کیاژ کرٕ ہاوٕ ماج نسیمس تاریف ۔ اولاد اُسہ تٕمۍ کو ماہ بدصورتھ
مگر ماجہ پننہ چھُ سے سارِوٕے کھوتہٕ جان باسان ۔ دپان چھ مجنونٕنہ
ماجہ سوٚز اکہ دوہ ہن دایے ژاٹھہ ہال دوٚدہ گلاسہ ہیتھ تہٕ ووننس
ژاٹھ ہالس ہنز یُس شُر ژٕ ٹسے زیادٕ خوش شکل باسی ، تس دِزٕ یہ دوٚدٕ
گلاسہ ۔ دایے ییلہ ژاٹھ ہال واتژ تہٕ تمہ ژاٹھ ساری ہنے شرین کُن نظر
تمس باسیوو نہ پننہ نِس بچہ ہشند کھوتہٕ کانہہ اکھ تہٕ خوبصورتھ ۔حالانکہ
تمس اُسہ تمِس پیٹھ سرٕ نی شُتلی آکھ نہ موجود ۔ تمہ دِیت یہ
دوٚدٕ گلاسہ تسی تہٕ آیہ واپس ۔ واپس پھیرتھ ییلہ مجنونٕنہ ماجہ دوٚد کمیس
ژٕ ٹسے دیت پتھ مجنونٕنس دوٚدٕ گلاسہ ۔ دایے وُنُتھ دِرجواب ۔ مے باسیوو
ہو پننہ نِس بچہ ہشند کھوتہٕ کانہہ تہٕ خوبصورتھ ۔ پیٹھی کنہ اُمس
نسیمہ تہٕ ماجہ ساری وُٕے کھوتہٕ شکلہ سعہ نزل باسان ۔ نسیمہ اُمس وَنان
ماجہ کُن ۔" بیٚنیہ چھم وَنان ژٕ اُمس کیتھ بنہ کھاندر ۔" ماج اُس اُمس
نالہ مَتہ رٹان تہٕ وَنان ۔" ژٕ وچھتہٕ چھون کھاندر سپدِ ترٕتھ جایہ زٕ سارِی
روزن اُچھ پھِرِ پھِرِ وِچھان ۔"

ماج ہنز یِہہ کتھ بوزتھ اُس نسیمس ژاٹھہ ہال کورین ہنز کتھ
مُشتھ گژھ ہیتھ دلس ستھ ہش گژھان ۔ نسیمس چھُ پتہٕ واریٹھ تس

زَن تہٕ چَل گژھِ اُکھ۔

نسیمن اوس پنُن پان جہریمہٕ ہشند اَمانہٕ شیر بتھ تہٕ پیر بتھ تھوومُت۔ لڑکہٕ والی پییہ وأرتھ تہٕ نسیمہٕ وچھتھے لٔج تمن پانہٕ وأنی پھسرائے۔ ییمہٕ تلہٕ صاف اوس تران فکرِ زِ نسیمہ کھوٗتہٕ تمن ڈاہہٕ کیتھہٕ کال گژھی تھے دراے تم کینہہ کھینہٕ وایس تہٕ نسیمہ لٔج بییہ پننس تقدیرس وأنی دِنہٕ۔

لڑکہٕ ہند گرکۍ اَمہ گرٕ وأرتھ پانہٕ وأنی کتھ کران۔ "سوہ نَس تہٕ روہ پِس ہے لاہ کرٕہٕ ہوتہٕ مگر نوش گژھ تا محلہٕ چَن نوہ شن منز زیادٕ خوبصورتھ آسنہٕ۔ آ دنک کُن میچہ وُتس آسہ نہٕ توٗلھ۔ "دِنس موٹر تہٕ کاہ بیییہ ہسہ گرہٕ ہینہٕ کتہٕ کالہ ہش کوٗر۔" سلیم صأبنہٕ ماج اُس لیکچر ہِنوٕہ دوان۔

سلیم اوس یمہٕ کتھہٕ بیییس کُٹھس منز بوزان تہٕ تس آو کیاہ تام خیال تہٕ لوٗگ سونچنہٕ۔ کیاہ تس پننا کانہہ تہٕ کیاز سون سماج چھُ دولت واجنین تہٕ چال ڈال واجنین کورین ژھاران۔ نہ ہرگز نہٕ۔ بہٕ کرٕ سماجس بغاوتھ۔ مے پین یم نقلی زلوٗکھ یا شاہ کرٕتھ میٹر شوٕ دوہ سہ زأنتھ پتھر ژراوِنی۔ پأنی پانس سیتی وَنان وَنان آو سہ مألس تہٕ ماجہ بروٗنہہ کُن۔ تہٕ دوٗ تھک۔ "بہٕ ہے کھاندر کرٕ تہٕ اُتی۔"

"اچھا تہٕ اوٗت پیٹھ وأژ کتھ، مے چھنہٕ یہ رشتہٕ منظور۔" سلیم صأبس اوس مول اشتعالہٕ ہوٗت وَنان۔

گژھِہ پِوان۔ مگر گژھنہٕ تہٕ جایہ اوس پٕہ سپدان گژھان۔ وٕیسے اُسس نہٕ
زٕرکٕن ہٕنٛز کمی کینٛہہ۔ شریف گرٕن ہٕنٛدۍ لڑکہٕ تہٕ اُچھ میلان تہٕ تٲلیمیافتہ
بنتہٕ مگر تمہ حٲصِل کرنٕچ اُسۍ اَمِس غریبہٕ بٕنٛدٕ خاطرٕ سیٹھا کرٕ ژھٕ تکیازِ
یُس لڑکہٕ پٮ۪ٹھ جان اوس آسان تمِس اوس مول مأج تٮ۪وٕ تُے معمول ونان۔
نِیمَن مول اوس دفترٕ پیٹھ کلس چھس چھس دِوان تہٕ پانٛژن پانس سیتی
ونان "کہہ سہٕ ژھٕٹھ بٮ۪یہِ یَتھ وقتس تہٕ کوتاہ گرِ دِو پٕہ سون سماج۔ دوہٕ نٕ
چھہِ لڑکہٕ کینہہ پِوان۔ ہرگاہ کأنسہ زیادٕ لڑکہٕ آسن تہٕ سہٕ چھُہ وقتک
بوٗڈ تجارت پیشہ اِنسان بنان۔ یُتھ پأٹھ چھُ شرافتس تہٕ انسانیتس
جینازٕ درامت طمع تہٕ غأری خابو چھُ اِنسأنی اُچھن ہٕنٛدس آبس
وٕثِپ کھأرِتھ وٕلگتھ دِتمُت۔" مألِس پریشان تہٕ فِکرَن منٛز بوٗڈتھ
وِچھتھ اوس نِسیمَس پننِ وُجود اَکھ گٕژھن کیٚتہٕ کالہ منٛز اوٚبرٕ
ژروٗٹھ باسان، یُس دوٗرتہٕ دفع گژھنہٕ باپتھ کأنٛسہِ اُسمانٕچ
آب چھہ کھاران۔

کیٚنٛہہ کال گژھتھ سپدیوو سیٹھا مُشکل سان اَمِس لڑکہٕ
پٕنٛدس منٛز آنکار۔ نسیمنِس مألِس سپُز سیٹھا خوشی تہٕ شہ
اوس نہٕ گژھنہٕ وِہران زٕ کیا سانہٕ ڈٕرٕ تہٕ کھوٚتہٕ ژٕنٛدر۔

اَز اوس گوٚبرٕ والین پینک پروگرام تہٕ اَتھ معہ کہِ اوس نسیمنہ
مأل دوٗن ژون ہتن رہ پٮ۪ین آب کوٗرمُت۔ زٕ پٕہ گرٕ تہٕ گژھنہٕ اَتھ
منٛز گژھنہٕ۔ تکیازِ یہٕ مرحلہ اوس تٮ۪ہندِ باپتھ مریشکار مُنٛد شوق

عبدالاحد حاجنی

# یاد

کَس اُس خبر زِ ژٕ کیٛاہ زِ وۅٚتھ یار کرٕ منٛز تہٕ کھوٚت ہیٛور۔
درٕوازس ہیکہٕ وٕڈکرٕ دِتھ گوٚناس تہٕ اندر اَڈٕ وُنے بوٚڈھ کوٚنٛج ریٚٹھ
اُندری خبر کمَن گوٚن گرٛند کرَنہٕ۔

بٕ رووُس ییٚلہٕ مےٚ اُمہِ سٕندِس بُتھِس وہ شلنگ زال وُچھ
چھکرتھ۔

اُتی تصویرس تہٕ اُتی ژہ وا یارِ کوٚنجن تہٕ تالو پچھن مدے
گنڈان۔ زنتہٕ خبر کیٛاہ ژھاران۔ مےٚ باسیوو زنتہٕ خبر کُس ٹوٚٹھ
چیز چھُس رووُمت۔ ییٚمیُک اَتھٕ رِیُن محال چھُ۔ زنتہٕ تانٛی چھنہٕ تیٚمہِ جُدٲیی
زرِتھ ہیکان۔ ییٚمہٕ کیٚنہٕ اوہ ہیٚند بُتھ وہ شلان تہٕ گمہٕ منٛزی اوسُس
گژھان۔ بٕ رووُس اُمہِ سٕندِ یہِ حال وُچھتھ تہٕ مےٚ آو نہٕ تاب تہٕ
پُرژھمُس۔

"سلیم صاب۔ تۄہہِ کیٛاہ زِ اَز زنتہٕ دُنِیہس بیزار ۔ ۔ ۔
یِیہِ کَس عالمس زَن چھِو لوٚرے ہیش کرٕ مرشہ؟"

میون گیتے وَنُن۔ اور لوٚگ خبر کیٛاہ کیٛا وَننہٕ، تِتہٕ زن بٕلے
خدٲیی ہیٚندِس عالمس منٛز یِیہِ گژھتھ۔

تہٕ اوس ژھمکہٕ طرفہٕ غارتس اکھ کھٕلہٕ چیلنج بسلیم پھشوٗرمٲلِس
کُن تہٕ ہیوٗتن تس وَنُن ۔ کیاہ توٗہی چھیوٕ یَژھان مےٚ تہٕ جایہٕ کھانٛدر
کرُن ۔ یِم مےٚ سوٗنٛٹھ بوٚکٹ تہٕ موٗر کاٚہ دِن تہٕ رٕتہٕہنٛز کوٚر آبہٕ بہٕ صفحہ
تمکیاز عام لوٚکھ چھینہٕ زانان پٔتھ باغچہ نرگس چھنےٚ اُنۍ آسان ۔ تہٕ
پٔتھ ژھوٚتس بیچھڑ پھولمت لوٗر چھُ لوٚرہٕ بوٗرُت لولہٕ بمانہٕ آسان"
ژاکہٕ شُنہ مول ملاج شُید مجبوٗر تہٕ دوٚیمہٕ دہہ ہَن سوٗز رتِمو
نیمنِس مٲلِس کھانٛدرہٕ بابَتھ تیار سوز ہنٛج شیچھہٕ ۔

نیمنس اُس اوٚش ہاران وِنی وِنی زِفلہ پیمرٕ ژتمِس
آو مول ۂنا برِونہہ کُن تہٕ ہیٚژن وِزناوِنی ۔ نیمہٕ گَیہٕ یکمِش بیدار
تہٕ مٲلِس کُن وُچھنہٕ ورائی پننہٕ تس دار کُن نظر ۔

سنگر اُسی پھوٚلی ہتہٕ تہٕ آفتاب چھہٕ تابدار زِژٕ آسہٕ تمہٕ شیٚندِس
کرہنیارس یاونگ دوہہ زجار تہٕ غازہٕ ملان ۔

خاطرٕ ژھینہٕ ... میانِس پُرشباب بہارس کرٕ ڈوٚلھٕ بُزی ... ژٲگی
کھالِس زالان زالان۔

ٹِک ... ٹِک ... ہاے اَز چھےٚ کُلاگ وَچھ تہٕ دو لیاٹھ
... اشیکٕ ٹِک ٹِک چھم تَم وادٕ یاد یادان۔

ییٚلہٕ عاٗشا تٔمِس یان اُرگس وٕ تہٕ گٔنٛتِس پُشر .....

ٹِک ... ٹِک!

مےٚ پیٚو یاد شہ ژیٚوہ ییٚلہٕ عاٗشا تہِندی پٔدی میانِس واٗران
نٔبہٕ ہنس ٹھٔسرایہٕ سیتو روٚتُل گھٹاوان اٗسو۔ کالیج نیرنہٕ تہٕ پینہٕ وزاٗس
مےٚ کٔن آرٕ ہٕ برژو سعہ رنٛگی چشمہٕ نظراہ کران ... پتہٕ اوس یہندٕ سوال
آسان!

سلیم صاٗب!

کیا اَسہِ روزٕ یا ہمیشہ سماج کین بایکھو ڈرن ہٕندٕ پہرٕ ... کیا
... کیا شہ دوہ ییہِ نازٕ اٗسہ! یی وَنان وَنان اٗسو عاٗشا ہندیو
نارٕ یو پیٚٹھو لولہٕ ہٕندرٕ کی مَلرٕ کھِکھرٕ ماران باسان۔

ہاے!

اَز ... اَز سوے عاٗشا آبدی نیٚنٛدرٕ۔

کُنہٕ تہٕ کانٛہہ کتھ تہٕ نہ کانٛہہ یاداش۔

سوایہ دوہ کھ۔

دوہکھ! تصویر۔

آ... آ.... دَم وٲنۍ زٕنۍ لوٚگُس ہٹس گنڈ۔

"آ.... آدم چھُ مجبوٗر۔ سُہ کیا چھُہ ییٚژھان.....

زندانن منٛز آچھ گژھتھ تہٕ چھیٚنہٕ تمۍ سٕنٛدۍ ایحساس ممنان۔ تمہٕ چھ

زُوان، نوان تہٕ پھۄلان"

اوہ !!!

تس زٕچ کُنۍ کژکھ نیرِتھ

دوہہ گاش سۄ تیاو۔ گنڈٕ زٕلہِ ہیٚتھ پنٕنیٚن پرٕ وہرٕنۍ...

گرٛیشمن تہٕ وُنلہ ہیٚتھ پنہٕ نین دفترن بر مُژراوِنۍ ....شامہ ژھایہ

منٛز زُلفن ہیٚرز ہٕتھ انھراے رُخ ژھوکنہٕ۔

ژٕھتھ انٛدرٕ گیہ ژھوپہٕ.... گُنہٕ تہٕ کانٛہہ۔

کُلاکس تہٕ نچھے یہ زٕ !

ٹِک ٹاک ! ٹاک ٹِک !

زنتہٕ میانٛس ذہنس ٹیکہٕ ٹھوکٕ سیٚتھ گنڈٕ کار ووٚتھان۔

رتمن اَمارن وُزہٕ نادان۔

ہاے !

مےٚ پیٚیہ سۄ گرٕ یاد !

سۄ گرٕ ییٚلہٕ

عائشا زندگی ہنٛدین یِتہٕ مین ژٕہین حساب دِوان اُس

..... بہٕ ما اوسُس زاٚنتھ عائشہٕ چھےٚ پۄژھ.... یہ گژھہ ہمیشہ

تہٕ شِٹھے ہیتِن ہاوسن ژاڑٕ کٲلہٕ۔ نوٚین آشن بٔرِو مالے ۔۔۔ سوٕ مالے
یَتھ مٔنز زِنٛدٕ روزنٕچ شیٚچھ تہٕ یاونٕکۍ ژٕنگین خاب آسن۔ زٕتہٕ دائمی
اَنارٕ پھیٚشرٕ دِنہٕ یِتھۍ چھیٚ رٕتمن تہٕ سٕر دار لگان ۔۔۔ یَتھ مٔنز یاونٕچ
آشہٕ ژمان تہٕ رٕ ونہٕ یِتھ چھیٚ گرٕ ھات۔"

"پٕرٲنۍ اَرمان ۔۔۔ ہاہاہا !!

شِٹھے ہیتھ وَس ۔۔۔ واہ ۔۔۔ ۔ نوٚین آشن مالے۔"

سلیم صابس ژٕل یہٕ دنائی اَسن کھٕنٛگالہٕ تہٕ پٔرٕھ تہٕ مےٚ کُن وُچھُن
پیٚتہٕ۔

"سلیم صابہٕ پٕرٲنین ہاوسن وُبٕ در دِیُن گو زورٕ پٔنٕنہٕ
زِنٛدگی ہٕنٛز بےٚ پرٕتیتی کرٕنۍ۔ خیالن ہٕنٛد سوٚدرٕ چھُ جمکہٕ کرٕتھ کٔنہٕ سوٗے
وُجودٕ ڈٕ یِتھ زُوان ۔۔۔ ژرائیہ یِمہٕ کٕتھ ۔۔۔ کٔلہٕ وِدِ ینہٕ کمہٕ چھِ مٔنز
نوٚ آش۔"

"آش ؟ ۔۔۔ میانِس یِتھ بے وَنس سیٚتھ ژٕٹ سلیم صابن
میانۍ کتھ تہٕ لوٗگ مےٚ کُن تمہٕ آیہٕ روٗگہٕ روٗگہٕ چھینہٕ زنتہٕ مےٚ خبر
کُس دوکھہٕ بجُرم اوس کوٚرمُت۔

زیوٹھ دمہٕ شا ژٲوِتھ لوٗگ وَنُنہٕ۔

"ہاے ! بأے صابہٕ ۔۔۔ مَتہٕ کرٕ تہٕ میانہٕ جوٗنہ ہنگُس موٗت
شہلاب پیٚتھ میانین مٔدٕ ہاکۍ ژٕھین مَتہٕ ژھن تہٕ لوٗبٕٹھ ۔۔۔ مےٚ
دِتہٕ پینہٕ ینہٕ گوٚنٕ تٕ گرٕنٛد کرٕنہٕ ۔۔۔ مَہ ژھن میانہٕ مالہٕ یَن ژٕٹھتھ پٮ۪ٹھ

تصویر میانہٕ ارمانن تہٕ ہاوسن ہنٛز لاش گرانٛزوان تہٕ گرا ممنان۔

اُچھ ٹٔٹراے ۔۔۔۔ وادٕن ہنٛز بادٕتھ
تمن زخمن کرٲئی تُلمان۔ یم وقتہٕ کیٛو زوالاوٕ دِتی ہیتھ چھہٕ۔
تمہٕ ۔۔۔۔ تمہٕ کھیو زہر
میوٚٹھ تہٕ موٚدُر زہر ۔۔۔۔ توبہ ۔۔۔۔ یہ تراوُن ھتھوٗن مے

میانِس اکس سوالس تہٕ دٕیتنہٕ سلیم صابن پنُن جواب۔

بہٕ تہٕ اوسُس پننہٕ جایہ یہی سوچان۔ اما سلیم صابس کیٛاز چھہٕ عاشتایہ ہنٛدی لولن یمیتھ سٕنز موٚل دِتی ہیتھ۔

لولس چھہٕ ساری ولوٗر تلیٖنچ سٔنز کران۔ اما پوز شیچار تمیٚک چھُ خالے کٲنٛسہ نصیبس آسان۔ میٲنی یمی وٕنھو زٕن تہٕ کتھ نام کُنۍ وٕنس دٕیت نار۔

" ہاں ۔۔۔ ژٕ لوٚگکھ دزونہٕ منقلہ چھہر کاو کرنہٕ۔ ژٕ تے ما خبر کھکھر زالی ژٕیتہٕ۔ اد، چھینہٕ کیٛھے۔"

" یمی وٕننس سیٖتی گنٛڈ سلیم صابن اویزان تصویرس نظر تہٕ، کُلاکرکس ٹِکس سیتی لٔج امو سنٛز گردن تہٕ بوٚن ہیوٚر کرنہٕ۔

مے کوٚر دوٚر تہٕ پرژھمس ؟

"سلیم لالہ" ؟ اتھو وٕننس سیتی ڈاج نظر۔

"سلیم لالہ ! کمن غوطن چھو گٔمتی ۔۔۔۔ پرانین ارمانن

نہ ییٚمہٕ ؤنِتہٕ بہٕ دٕرامُت چھُس تَتہٕ تھکھ دِیُن چھِنہٕ کینٛہہ۔ واو،
رِنگہٕ سیتۍ کیاہ چھُ سٕنۍ اَنداز مَنٛز پٕرٕ وہراوان .... زنتہٕ کانٛسہ
ٹھکہٕ مِتیٚس شیٖشہٕ مہارس بہٕ ہنٛز داوتھ .... "نتہٕ تانٛ" پکھ .... پکھ
مہٕ دِتھکھ .... مَنٛزِل چھےٚ نہٕ وۄنۍ دوٗر .... میون شُہُل چھےٚ
سیٚتۍ سیٚتۍ .... مہٕ گابر .... مہٕ کھوژ .... دٕرۍ یاوٕ مس
تارلبنس چھُ کُنہ کانِہہ ہُنٛد پَتُل تہٕ بکارِ یوان .... کُنہ یادن ہنٛدِ
صنٛدر تہٕ کُنہ کھشاروٗ مَنٛزٕ پکہٕ نادِتھ گاٹھ وانہٕ ناوان"

"یینہٕ کھوژکھ .... ییٚمہٕ یاد ییٚلہٕ"

"واہ!" اُتھۍ سیٚتۍ گوٚ سلیم صاحب موکلِتھ وُچھتھ تہٕ
ٹینٛک اوٚرٕ یور کران ؤنِنہٕ۔

"واہ۔ اثرٕ ژُل رۄہنُو سیٚتۍ جٔرِتھ .... زٕن تھالہٕ جورٕ ہُنٛد
ٹھنٛز ٹھنٛز موٗدرِ لَیہ مَنٛز باوان۔

کیاہ شہ دوہ چھُیہِ یاد .... ییٚلہٕ کالیج گراونٛڈس مَنٛز میون
اَتھہٕ رٕٹِتھ داد دِیتُتھ۔

یاوٕ یاد .... یاد یاوٕ .... بہٕ چھُس تُتھۍ وادس پٔراران ...

سلیم! یاد چھُیہِ ییٚلہٕ وَنان اوسُکھ۔

عائشا .... عائشا ..... اِنسانس چھُنہٕ زانُہہ سعہ
تریش ژھینان، یتھ مَنٛز اضطرابُک جوٗنون اَتھہٕ گنٛڈِ مَنٛز اُسِتھ
کانٛسہ گٕژھ گنٛڈان۔ کانٛسہ مَنٛز اُسِتھ گنٛڈِ یاپان پٕشران" ....

واتُن محال تہٕ کاںٔسہِ ہُنٛد مجال چھُ ۔ (ووہ شا ژٲڑِتھ) تہٕ چھم کانٛہہ
ووہ میدٕنہ کانٛہہ آتش۔ حرف ایحساسَن ہُنٛد گتہٕ کیٚوٚر تہٕ زٕلہٕ لار ....
ژاو کیٚنہہ راتُک ہنٛدِ گٹہٕ کارِچ ۔ گٹہٕ مُنٛزِ کانٛہہ لُکھ ژھارنہِ چھینہٕ بُڑ
کینہہ ۔"

عائشا گیہ پانَس .... یادَن ہُنٛد بار ھٹھوٚن میانِس ذہنَس
پیٚٹھ تہٕ کمیتِس کالَس ژالہٕ پیٚہ وہوٚنی منقل .... بہٕ تہٕ ووچھِہ ۔ بہٕ تہٕ رٕلہٕ
خبر کیٚنہہ سیتھ۔ کُنہہ تہٕ ما چھُس .... وارٕ وارٕ گلِہ ۔"
اُتھہٕ وَننس سیتھ گیہ سلیم صابَس لارَن تہٕ گنٛڈُن آویزان
تصویرس مُندرے ... بُتھ سوہ سنیاو تہٕ کُنی کرٕ کھژُ جِس نیرِتھ ۔

"آہاہا !
عائشا .... ژٕ .... ژٕ کیتہٕ ڈُنی کینٛہس یمو وُتو ۔
.... واہ !!! کیاہ زٕبرٕ تہٕ رٕشوٚبدار ڈیٚپیٹھ چھےٚ از پانَس ووٚلمُت ۔
.... رنٛگہٕ دِلَس خوش کرَن .... سبز رنٛگ .... زنتہٕ کمہٕ تانی
مرگہٕ ہُنٛد حُسن ژوٚمبرٲوِتھ ..... یمَن راٹھن مُنٛز ..... راٹھ
پیٚٹھ تہٕ وَردار کمہٕ اندازٕ .... وَتہٕ پدین ہنٛدی نشانہٕ ۔ زنتہٕ کمَو
تانی وَتہٕ گژھن پدہٕ ماںٛڈٲے کرِتھ .... ہُتھہٕ پاٹھی نیرِلَس نِشہٕ تھکھ
ڈیٚشمُت .... تھکھ !! تھکھ کینٛہہ پیوسے یاد ۔"

سلیم صابَس کرِن ہیر بہٕ تھر .... تھرِ تھرِ مُنٛز تہٕ
رُود آرٕ ہیر کران ۔

کاش یِتھ منز روزِہ ہِنی تہٕ خشہٕ وِنی تصوُر آسن۔

سلیم صابُن لُنگو وسیہٕ واٹسو پھٹِنہٕ تہٕ لوٗگ ژٕرٛٹم دِنہٕ۔

.... سہ ژٕ آواز منز لوٗگ وَننہٕ۔

"عائشا! بَس ... بہٕ اوسُس ژھاران سُہ یُدی مانڈ...

سہ وَتھ۔ یپاڑی بہٕ تِمَن وادَن منز باوَتھ کرہا ... عائشا ...

بہٕ .... دپان چھُس سہ گٕرٕ ییِن ژَل۔

عائشا! اَن پنُن نرم تہٕ نوزُک اَتھ .... وُچھ ....

وُچھ عائشا میانہٕ وَرِچھچ دُبرائے۔ دُبرائے تہٕ چھےٚ تِمنے وادَن منز

باوَتھ۔ عائشا ....... بہٕ شیٖہلیوس۔ میانہٕ جوانی ہُنک تاو ہیوٗتُن

ہمُن ... بہٕ گوس ترٕنِس آبَس .... عائشا بہٕ اوسُس اَتھو

گرٕ ژاران۔ میٲنی رُم رُم گیہِ تازٕ۔ اَچھَن آم کاش.... میانیو

نظرو کوٗڈ واش۔ تِمَن مرحدَن منز زاج آیہِ ژھیٖنِتھ یِمہٕ زاج

سماجہ کیو پاہکو درو چانِس تہٕ میانِس دوٗجوٗدس منز باگ اَکھ کٔرتھ بناوِتھ

اوس تھوومُت۔ عائشا شُکر مےٚ کوٗر پنُن واد پوٗرٕ۔"

اَتھو وَننس سیتو لوٗگ سلیم صابُن ہیٚنگ تہٕ پیچھ دراز

دِتھ..... بہٕ کران یور آلو۔ اورٕ نہٕ سیٖتھ صدرٕ ہے......

..... اوٗہ! مےٚ ژٕج کھوٚرو تُلِہ زمین۔

ییٚلہِ مےٚ سلیم صاب وُچھ شیٖہلیومُت۔ بدَن زَن پیچ دَچھ

شاید اوس اُمی تہٕ زہر ... توبہ ... توبہ زہر۔ عوٗفوٗ خدایا۔

سلیما! پژیٚیا یاد سہٕ دوہ ییٚلہِ چانیو پاسکھ دَرو میون زندٕ وٕجود
نیٚتھنٛد رسوو۔"

اُچھو کینژ خوٚنہِ باران ہاران آو سلیم صاحب وُکراونہٕ۔
.... بُتھہِ نیلیاو .... دَم شیٚہلاوِتھ ژٲوِن نظر تصویرس کُن۔
"اَتھ چھٕنہٕ کانٛہہ شکھ میانِس وونٛدس چھ چٲنی لولُک تیٖر
ستُنو راوی ہیتو۔ مےٚ چھےٚ ژٕمن وادن ہنٛز قدر .... سہ قدر
یتھ یِنٛ پان داوس لاگُن پِنٛن تھوٚد مقام چھُس زانان ....
میٲنی طمأے تہٕ لالچی دِلی ژنگو عائشایہ ہنٛد خوٚنہٕ اَتھ .... فرشتہ
زوٚٹ کلہِ سانِن اَارن۔ عائشایہ ہنٛز غریبی وٲے شراکھ تس۔"

عائشا!

عائشا چانہٕ ڈیپٹیکی اَلہِ ڈٲلن وِہناو میانہٕ وونٛدِ منقل
.... گمہٕ پھیٚنرو چھےٚ گوٚ لأبی روٚہ خسارن مہ کھتیج ساگہ لربناوِتھ۔
.... اَز ما تھاوٕ کہہ میانہٕ اَنٛد نٔر دولہِ .... وُنہٕ آے نا تسلی۔"

عائشا! میانِن آشن تہٕ دوہ میٚزن ہنٛز پلالہِ ... چٲنی
نظر! میانہٕ بےٚ قرٲری ہنٛد قرار۔ میانہٕ جونٛا نیچ آش .....
عائشا! ژٕ آو کینژ راژ ہنٛد گٹہٕ کارچ۔ گٹہٕ منٛز کاشہ لُٹ
ژھانٛی چھٕنہٕ بُڈ کتھ۔

ہے عائشا اَز لہِ بیٚٹھے روٚٹنس اَنہٕ گٹھو .... مےٚ گرٕھنہٕ
سہ گاش یتھ منٛز وہلہِ گنٛتھو تہٕ ژھایہ گنٛتھ آسن۔ مےٚ گوٚژھ سہٕ

ڈرامہِ تہٕ بُتھ ژُکراوِتھ، زیو ہیبرتہٕ ڈٔنڈ بۄشان اما یہ گُہنٛد خوٗن تہٕ یہ کَس
مُنجھتھ۔ مےٚ کیٛا گۄمُت بُڈِمہٕ کرٕ کہ۔ بَس پھٕٹیٚ سوے اکھ بَچن صوٗرتھ
مگر زیٚو ہُنٛد طاقتھ نَدارد۔ بہٕ چھُس ژٔنڈ کنہٕ مورہٕ۔ کینٛہہ چھُم نہٕ بوزُن
تَگان۔ بَس اُچھ پھِرِ پھِرِ چھُس حیبرٕ کیٛا کیٛا وُچھان۔ مگر حد۔ یہ گۄ حد
مےٚ ژیوٗن ہیر ہیر۔ بہٕ آس نارٕ تھیوٗ نکلن بیٚیٹھ ہیتہٕ۔ بہٕ نیرٕ بہٕ اَژہٕ زاہھ
یور۔ یہ گۄ پان یورٔ ے بلایہٕ پُشتروٗن۔ مےٚ ہیوٗت وہ تھٕکُن مگر زَن مےٚ
کوہ بیٚیٹھ بہٕ گۄس رووٕٹہٕ۔ بہٕ ڈالہٕ کمتس کمٕ نظرٕ۔ مگر سہٕ کمہٕ شُہرٕ۔ محورہٕ لاش
اکھ اورٕ تہٕ بیاکھ یورٕ۔ اُتی شُراکھ دایان تہٕ اُتی اہٹم۔ تہٕ پیٚتھین یہٕ امیہ
سِیتھ اَندِ تیتھن بوٗڈ ہتھیار یانے زیو چلاوان۔ مےٚ کیٛا مگر مےٚ اڈُن
جیرِ۔ مےٚ گیہ شاہ بنٛدی۔ مگر واو، چوٗنٹن ڈیٚت لَبہ پھیٚیشن تہٕ بہٕ گۄس
قاڈٕ منٛز آزاد۔ مےٚ ہیوٗت بییہ شاہ کھالُن والُن۔ رٕکھ گیہ وُتھو برز۔
لَب گیہ سرو۔ بہٕ گۄس یلہٕ۔ مےٚ کوٗڈ واش۔ مگر یتہٕ اوس ابُرٕ۔ بلکل اَیٚز
مےٚ ژھوٗ کیٛاو بییہ شاہ۔ یکیٛاز لَبہ پٕرچھ تصویر اُس جایہ جایہ موجوٗد
پَنہٕ وُتھرِن بیٚیٹھ۔ میٚنٛزِ دوہَن تہٕ مینہ ژادرَن اُس کھننہٕ آمژ۔ ژھیہٕ
بہرن تہٕ شیشہٕ مکلن اُس مَرنہٕ آمژ۔ ناگہٕ راد تہٕ آبہٕ جرٕ آسہٕ یِوان سے ساز
دایان۔ جانانوار اُسہ موٗدرِ لَیہ منٛز یِوان نغمہٕ گیوان۔ مےٚ ڈیٚت کن تہٕ
وانہٕ پیٚشجبن تہٕ ژُ ڈیٚتن بیٚیٹھ اُس امی تصویر ہِچ کہتھ کہتھ۔ مےٚ ڈیٚت
وارٕ ووٗن تہٕ وُچھم یہٕ اُس میانی تصویر۔

غلام حسن تسکین

# تصویر

کیٛہہ کال ہیوٚہ اوٚبرٕ نیٚتھ نیٚتھ روٗد ، زَن ہرشنہٕ پیٛتھ زُمینس
اوٚرۍ وُسِتھ گژھان ۔ تژٕ تہٕ ہیکان نہٕ ہیٚرِتھ ۔ شُمہ تہٕ سوٚتھو آے
ژھاسنہٕ ۔ صُبہ پیٛٹھہٕ بدلیٖے حالاتھے ، دُہلس گوٚ راتُل ۔ چیٚپس چیٚپس بوم
اَلوٚندٕ اوٚش پَشپان ۔ بہٕ تہٕ ہیٚنے غوطن گوٚمت ۔ پیٚنِس کمرس منز یاٗنی
پانس منز کیٛاہ ہتانی ژھانڈان ۔ ہَنیٛٹُھ کرِتھ بِہِتھ ۔ پٔژن تہٕ ڈیٖت قبلہٕ
انمہٕ خواب ۔ ٹپ ٹپ ٹپ ۔ روٗدٕ پھیٚرِک لگو لَبہ پیٚٹھو کھروَسنہٕ ۔ رِکھ
اَجہ ہیٚجہ تہٕ اَرِچہ ہِسرٕ ، اَجہ زیٚچھ تہٕ اَجہ ژھعوچہ ۔ اَما یہٕ کیٛا ۔ میٚے شُنِہ راوٚ
نَظرٕ ۔ یہٕ کُس لَبہ پیٛٹھہٕ بہٕ ما چھُس خاب وٕچھان ۔ پانس ہیٚریٚو بَن ہوٚش
واٗلِتھ تِہٕ پنُن ووٚجوٗد ژٕر ژرِتھ کوٚشُم شُکہ ۔ نہٕ نہٕ بہٕ چھُس ہُشار ۔ گوٚٹھیکہ
بےٚ اَکھ تہٕ یہٕ کُس لَبہ پیٚٹھہٕ ۔ بہٕ اُمِس وُچھان تہٕ یہٕ مےٚ ۔ ژھعہ یہٕ ہوٚتہٕ
کرِتھ ۔ مگر اندٕ پیٛٹھہٕ اَنتھس تام کیٛاہ کیٛا باوان ۔ ہیٚتن دُہہٕ مُدراوٕنی ۔
تہٕ اوٚندٕ بوٚکھ پھوٚلرووُن ۔ ییٚے چھُہ تہٕ چھُہ کیٛا ۔ اُمِس کیٛاز ہیٚٹس بھاسوٚ
اَلاٗنز تہٕ اَتھس منز زَہر پیٛالہٕ ۔

پیٛیے زِچھ ہوش گییم تہٕ عالمَ بدلیاو ۔ وُٹھن رَتہٕ سیٛتو چھوٚپیر

موہنُن تہٕ رویندرُن دفتراہ اُکی سے بلڈنگہِ منز الگ الگ پورس۔ رویندر
یِتھےٗ دروازٕ ژاوشہ ووٚتھ موہنس کُن۔ "وۄتھو موہنا نیرَن چھےٗ نا۔"

"نیرَو ہا۔ اد کیاہ کرَو۔ سونچان چھُس ژٕ شام تام کیاہ کرَو۔"

"اَتھ کیاہ سونچنُک چھُ۔ لال چوک دوٚدٕ۔ پکھہ تہٕ کرَو تورٕ کُن
چکرا۔ وُچھتہٕ اَزکٕیشتھ بہار آسہ۔"

موہنَن ہیوٚک نہٕ رویندرس نکار کٔرِتھ۔ تہٕ یِم دوشوٕے یار دژاے
پٕرانہٕ اُموٕرا کدلہِ کِنہ لال چوک کُن۔

"ہیا موہنا کمنو غوطن گوکھ۔ کرٕ اورٕ یورٕ چ کتھا۔"

"رویندرا مےٚ ہا چھُ یہے کھوژُن ہیوٚہ یِوان۔ یِم پیٚتو لُکھ
کارٕ تہٕ سایکل وٕہ چھِتھ۔ ژھوٚدا پور شور۔ گمہ ڈٕر چھُنہٕ مےٚ فِکرِ تران زٕ
یِمہ پیٚشٕ کارٕ کِتہٕ چھےٚ یِوان۔ سائنس شہرس منز چھا پیٚتو لُکھ اَمیر اگر
ریچھ تہٕ رقم کتہٕ ریچھ بسان۔"

"ژٕ اوسُکھ دوہے پاگل۔ ہتا پیٚتھو لُکھ بسنہٕ تیتھ جاین
ہرژٕر لدٕ علاقس۔ ژٕ چھُکھ نا ٹیبرے نیران زاتھہ۔ ژٕ وُچھکھ اَمیر لُکو
کیاژٕ کیاژٕ چھُ پنُن پنُن روٚٹمت۔ اَکس اَکس چھےٚ ترٕےٚ ترٕےٚ کارٕ
یہ ہیا گو پنُن تگُن۔ کالہ چھُ بنان حاکم تہٕ پگاہ چھےٚ آسان کارٕ تہٕ
بنگلہٕ۔"

"اد یمَن چھا پتہٕ کانٛہہ فکر روزان۔"

بیٚیس ژھنَن ترٕتھ۔ چون گرٕ اَسہ تہٕ بوٚر باد ژٕ زن کرکھ

# ٹُپ

ژور بجے یہِ تہٕ موہنن ٹھوو کاکز قلم وٕژھتہٕ تہٕ بیوٗٹھ کُرسی
پیٹھ سونچنہٕ ز دوہ ڈی کوٚت گژھان بہٕ. موہنہٕ اوس دوہ ہے ژور بجہ
پیٹھے غوطن کرٕتھان زِ دِہک بقایا حصہ کیتھہٕ پاٹھو معہ کلہ. سڑکن تہٕ
بازرن پھیرنس سیتی اُس تس ژش. تس اوس انسانن ہُند سمندر
وُچھتھ دِل یوٚہے راوان ہیوٚہ. گژھہ ہے کرِ تتہٕ اوسُس بچارس
وارے دوہند مزر دوہ تھان. سُہ اوس آسان پننہٕ نین حاری ثاتن سنیومُت
زِ کُنہِ کُنتر پاٹھو دِمہٕ واٹھ. مگر گرِ کو باقے باژ آسو نہٕ اُکس منٹس
تہٕ اُس پنتھر ٹھوان. ہتر کُنتھن پیٹھ تانی اُس تتہٕ وِچھان وِچھان
لڑائے گژھان. موہنہٕ اوس اَز تہٕ پیٹھے حاری ثاتن سنیومُت زِ تامتھ
ژاو رویشدر ـــ ژوی تہٕ موہنہٕ چھِ پرانی یار. دُہہم جماتھ کرِکھ یکجا
پاس. ژوی گو کالج مگر موہنہٕ ہیوٚک کُنہٕ کینہہ گژھتھ. کینژس کالس
بیکار روزتھ لُج موہنس نوکری. روی گو دوہ ن ورہیَن پتس پتھ
فیل. یہِ وُچھتھ سونچ تہندی مالی زِ بہتر چھُ اگر لڑکہ کُشلہ کرِ کُنہ
جایہ نوکری لگہ. سفارش آسنہٕ موکھ بنیہ یہِ ژوی یس جلدے نوکری.

"ہتا کیا  وَنے موہنہٕ۔ کماوان ہا چھُہ مگر خرچ تہٕ چھا کم۔
مےٚ ہا پھچھے نہٕ بیٚنہٕ وارٕ ژمرٕ۔"

"مگر رٕویا۔ یہ رشوت رٹُن تہٕ ناباگوٚنہٕ جان۔ یہ ہا چھُہ سائنس
مُلکس منز اکھ بوٚڈ بارٕ بدٕ لتھ۔ پینہٕ ژٕ ناراض گژھہٕ ہم بہٕ ماچھس
چاٮ۪نس ماٮ۪لی سندس پیٚٹھے یوت وٕنان۔"

"ہنہہ۔ مےٚ تہٕ کر یوہ مآلس اکہ دوہ یہوے سوال۔ تورٕ چھیہ
پناہ کیا  ووٚنتھم۔ ووٚنتھمس زِ اگر نہٕ مےٚ یہ گورٔمنٹ آسہے۔ اسہ آسہو
فاقہٕ مارٕ مرتو۔ دوٚپہنم یُس کاگذ بہٕ ہیتھ، پنشاہ روپیہ رٹتھ تیار
چھُس کران۔ تتھ چھُہ میون صٲحب دستخط کرنس ساتہٕ وادٕ روپیہ رٹان۔

——— دوہ نی وٕنتھم موہنہٕ ژٕ زِ اگر اکھ گزیٹڈ افسر، یُس جان
تنخاہ نوان چھُہ، بڈٕ بڈی رشوٕ رٹنہٕ چھُنہٕ منڈچھان۔ یمَو لوکٹو لوکٹو
مُلازمو کیا ژوٚر کرِ۔ یمَن زٕ کُنس پانسس سوتٕنب تہٕ چھُنہٕ برابر تنخاہ آسان۔
اگر بابہٕ اکھ سنوٕ۔ تیٚلہ چھہ اسہ ساری ژوٚر۔"

"ہتا ژھنگھُہ بلایہٕ۔ ییٚتہٕ پھچھے لیٚنج تہٕ ژوٚرے تہٕ گگ تہٕ ژوٚرے"

"ہیا موہنا۔ ہوکن وٕچھو۔ ہُتھ بزازٕ وانس کُن۔ وٕچھو نارٕ
ژونگ ہشس کیا پھچھے۔ پیٚٹھ ہا چھُنے کرٕ ہن پیٹھ دوٚتی گنڈ مرٕ۔ بلا
چھُہ نہٕ آسنس برابر۔"

"ہیو سہ ہا کھرٕ کار"

"آنیہ تتھس بلائے۔ باقین گوٚہ رٕے۔ وُچھتہٕ ہُمن رنگہٕ ژرین کُن۔"

تہٕ کرٕکھ کیٚا ۔ یہٕ گوٚ پنُن تگُن ۔ اگر یِتھےٚ ژٕر کرٕکھ دٕوٚیمہٕ دوہ ہار چھلناوٕنے

نوکری نِشہٕ اَتھہٕ ۔ تمیُک مطلب گوٚ شُرٕ ہٕ بأژٕ ہیتھہٕ فاقے مرٕن ۔ وٕلہ

چاوِ سگریٹھا ۔ دِکھ ساٗری پننہٕ بلا یہٕ "۔

موہنہٕ اوس وینہٕ چنٛدس اَتھےٚ ژاوان ژٕ اَکھ کارڈ ہیٚریہٕ تمن

رٕتِشہٕ تہٕ اَکی نفرن کوٗڈٕ دارٕ کِنہ کلہٕ "۔

" ہے رٕوی جی ۔ وارےٚ چھو مہرا ۔ گرٕ چھا ساری وارےٚ ۔ ٹوٚٹھ

چھا وارےٚ "۔

" اَہن حَصَ ساری چھ وارےٚ ۔ حُکم چھا کینٛہہ "۔

" اُمس مہرا دٕوٚپوٚ ہٕ ٹکس سعہ میاٗنی کاٗم کرٕنی ۔ بقایا گو تِہنٛز خدمتھ

کرنہٕ واتہٕ بہٕ پانے دفتر "۔

" اَدٕ خصن بہٕ وُنس ۔ اَتہٕ ما آسو ہٕ سگریٹھا "۔

" آ آ ۔ چیٚیو مہرا ۔ یِنُن ساٗتھی تہٕ چاوِ یوٚن ـــ اَدٕ مہرا ـــ

آداب عرض ۔ میاٗنی کتھہٕ پینہٕ مَتہٕ گرٕ ژھو "۔

پتھےٚ کارٕ وٕژا یہٕ موہنہٕ دٕوٚہتہٕ رویندرس کُن ۔ " یہٕ کُس اوس "۔

" یہٕ ہا چھُ ٹھیکہ داری کران ۔ پرٕس پرائیشُن تانی اوس میچھل

کران ۔ اَدٕ یِنہٕ پیٚہٹھ بوے اسمبلی ممبر بنیوس یہٕ آو تہٕ اَتھی کُنہٕ ۔ ژہنس

تُرٕ ہٹھ ساٗنی سِگریٹھ ژٕ دِزٕ اس "۔

" دٕوٚ پہےٚ ہا پننہٕ جایہٕ چھےٚ کتھہٕ ۔ ژٕ ٹےٚ آسی مول جان پانسہٕ ژٕ

کماوان اَتھہٕ دفترس منز "۔

مگر پانس چھُکھ، اَلہٕ ڈٕرہ گژھان"

" ہَیا رٗوی یا۔ کرشٕ بجے یہ۔"

"وۄنہٕ ہا چھےٚ ستے۔"

" ہَیا پکو تیٚلہٕ سےٚ ہا چھےٚ یدٕ کٔڈٕنۍ ڈاکٹرس۔"

"پکھ با پکھ۔ تہٕ چھُنکھ گرٕن وُلنہٕ پاٚٹھۍ روٚٹمُت۔"

## اکیڈمی چھاپ کرِ منز کینہہ کاشِر کتابہٕ

| | | |
|---|---|---|
| • کلیاتِ امیر شاہ کریری | ترتیب | منظور ہاشمی |
| • دیوانِ وہاب | ترتیب | پروفیسر محی الدین حاجنی |
| • کُلیاتِ مقبول | " | محمد یوسف ٹینگ |
| • اُلف لأل | ترتیب | پروفیسر محی الدین حاجنی |
| • پرٕمانٕد | " | پروفیسر ایس کے توشخانی |
| | | موتی لال ساقی |
| • صمد میر | ترتیب | موتی لال ساقی |

بجلی کوٹن ہشہ چھکھ ژنگ۔ بے گاڈ اتھ بیل باٹمس کاژاہ اٹریکشن
چھے۔"

"ژھنکھو تژھ رُوی یا۔ دوہ نی ہاؤسو گرٚ۔"

"گرس چانس نار۔ اُڈ ژڈ۔ اُندری گنز آسی اُڈ اُڈ زوٗ گژھان۔
دوہ نی ہاو تہٕ منے بجر۔ یئیتہ رُود نہ کمن کمن۔ نہ چھکھ ژٕ ریڈیش تہٕ نہ بہ۔ یمہ
وژھرِ ہیلہ اشتہار تمیتھ چھیپرن تہٕ اُسہ کیاہ کرو یمن اُچھن ہیو
ازٕ ہا چھ داہ وہرین لڑکن تم یمن آسان زٕ بڈی چھ ہاران گژھان۔ یہ
چھا تمن خطا گنہ یہ چھ ماحولک اثر۔"

"رُوی یا۔ بہٕ ہا چھس دپان ییتھ دُنیہس کیا بنہٕ۔ یم لُکھ کوٹ
چھ دوان۔ جنگ، لڑایہ، ہڑتال۔ یم ساری لُکھ کیا چھ ژھانڈان۔
اُسہ کوٹ چھ گژھن!"

"وچھتہ کنہ چھکھ سنان۔ یہ کیشرٕھا سپدان چھُ۔ تمیُک کانٛہہ
نتہ کانٛہہ نتیجہ چھُ برونٛہہ کُن واتان۔ جان یا ناکار۔ نوجوانن ہنٛز
بے چینی چھے دوہ کھوتہ دوہ بڈان۔ یہ ہاوِ پنُن رنگ۔"

"وق ہیا گو خراب۔ زٕ چھر کانٛسہ رُود نہٕ کُنہ۔ نہ رُوز کُنہ شرم۔
کانٛسہ رُودنہ اَچھن منٛز آب۔"

"ہاٛنہہ۔ ژٕ چھکھ دُنیہس لگان۔ ژٕ سن پننس پانس۔ ژٕ کتہ
چھکھ تہٕ کوٹ چھے گژھن۔ وقتک یہ ژلہ وُن ییٚپ کس کورلایہ تہٕ کس
چھے خبر۔ اُتھ منٛز چھ تیمے کنہ پلٕ چھکرِتھ، یم ییپس ملکھ چھ لھاران

فقط سوچ تہٕ سوچکس عالمس منٛز راوُن تہٕ راواں روزُن اگر بہٕ سوچان
سوچان ژھیپھ دِمہٕ تہٕ کیتہٕ ژھانڈکھ مےٚ کیتہٕ لبکھ... بہٕ.....
بہٕ نہٕ روزٕ چون نہٕ مُنُن۔

(مسأ ... گگو.... کمہٕ مانٛز نمہٕ پچھی)

مےٚ پھُٹ تیر ہش۔ بہٕ آس شیٖشہٕ وأنی وٹنہٕ۔ یہٕ بوٚنی ہے
ہیٚشن وُہتھر وُہتھر ہرٕنی۔ کھوژان چھُس یمی چھُم لرزٕ۔ اگر یہٕ بوٚنی
وُہتھر وُہتھر ہریہٕ تہٕ ننگہٕ سپنٕ......!!! بہٕ کیا کرٕ....!
میون "ایگو" لگہٕ پھاسہٕ۔ ڈیسڈی مونا گژھہٕ اُتھ۔ اگر یہٕ سورُے
کینٛہہ سپد بہٕ کیاہ کرٕ۔

(مےٚ چھہٕ اُش ٹیکہٕ پوان)

اگر اُش دُدراے جأری پیٚنٕ۔ سمنٛدر سپدِ خعشک۔

(نالےٚ مار)

بہٕ روزٕ اکھ میٚشٕ ژیوُن کھرا۔

(لوٚکٹ یمہٕ اُتھ)

بہٕ کیا کرٕ۔ مےٚ کیا پزٕ کرُن۔ ہےٚ ژٕ وُنا ژٕ۔ ژے مےٚ
ہیوٚہ اِنسانا چھُکھہٕ۔ مےٚ کیا پزِ کرُن۔ بہٕ کس پرژھ۔

(سعہ پرادن ہیٚنٕ پرٕہی آسہٕ مےٚ پیارا ن)

ژٕ چھُکھہٕ سأ کاو کنہٕ سیاہ چشمو سفید بیور۔ کنہٕ شوخ چشمو گرد
ژٕ کیا چھُکھہٕ وَن سأ پوٚز پوٚز۔ ہاں... تُلٕ ٹار کیا چھُکھہٕ وچھان

اقبال فہیم

# کُنہٕ ذاتھ

خبر . . . !!! مےٚ کیاہ زٕ سہٕ کُھ مہٕ کھ وننہٕ گژھان، خبر
یہٕ کیاہ زٕ . . . !!! وُزملہٕ سیاہ شٔشہٲرٕ اوٚبرٕ۔

خبر کتھہ بٔستی کیاہ گژھ۔

( یی چھُم لرزٕ . . . . ! )

مےٚ گوٚو گمہٕ سٔران۔ بہٕ دِمہٕ کُنی چکھہ محلہ اُنَن سہٕ مبرٕتھ۔ دِمھ
کُھنُے تِھ۔ ہاہا . . . ہاہا . . . گوٚو لاٚیی رہِہ کرن آسمانس ہُنز ڈاسَن
تارکن دزِ بُتھ۔ زوٚن لایہ ہُمہٕ بالہٕ ھقوٗنگہ پہٕیتھ وہ ہھٹھ۔

اَنہٕ گمہٕ . . . . . . . . . !

( خہ داسے گوٚو ژھ ہیٚتمہٕ راٗز زٕ چھُن )

خبر . . . . !

بہٕ کیاہ چھُس سوٗنچان۔ خبر مےٚ کیاہ پزٕ سوٗنچُن۔ بہٕ چھُس سوٗنچان
زٕیم لوٚکھ کیاہ چھِ سوٗنچان . . . . سوٗنچ . . . نہ نہ . . . نہ نہ . . .
بہٕ چھُس سوٗنچان بہٕ کیاہ ئر سوٗنچتہ !!!
بہٕ چھُس سوٗنچان زٕ بہٕ کیاہ چھُس سوٗنچان . . . زندگی پھا

